# کٔشیرِ ہِندی

# توٲریخ دان

مُصنف

پرٛوفیسر ایس، کے، کوٗل

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یوٗنورسٹی سرینگر

کٔشیرِ ہندی

# تواریخ دان

مُصنف :-

پرٛوفیسر ایس کے ہکول

کٲشُر ڈیپارٹمینٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

مصنف ———— پروفیسر ایس، کے، کول

ورٔی ———— ۱۹۸۴ء

تیداد ————

چھاپ خانہ ———— میکاف پرنٹرس فتح کدل سرینگر

موٗل ————

ایڈٹنگ / پروف ریڈنگ

قاضی ظہور

کتابت :- معراج ٹرکوی

کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# ترتیب

# عرضِ ناشر

توٲریخُک مُطالہٕ کرُن گوو پننہِ پتھ کالٕچ آگہی تہٕ تہٕ پننہِ پانٕچ زان تہٕ حاصِل کرٕنۍ ۔ کُنہِ تہِ قومٕچ صحی زان چھیہٕ خاصکٔرِتھ تمہِ قومُک توٲریخے کرنا وِتھ ہیکان ۔ باشعور قوم چھِ ہمیشہِ پننۍ توٲریخ لیکھنس گوڈٕ اَلوٲری دِوان آمٕتۍ تہٕ یِتھ پرٕزس مُتلق ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ دوٚیِم راے آسِتھ زِ کٲشرۍ قومن تہِ چھُہ اَمہٕ رنٛگہٕ باشعور آسنُک ثبوٗت اَز بروٗنہہ ۸۳۴ ؤری ڈیٚڈ ہُت بیلہِ زن کلہن پنٛڈِتن ہندوستانس منز توٲریخ لیکھنس پرٕزنہٕ پاٹھۍ دس تُل تہٕ آیندہ نسلَن دِژٕن اِحساس زِ روشن مُستقبلٕچ ضمانَتھ چھیہٕ تیٚلی بیلہِ ینَتھ قومس پننہِ پتھ کالُک سروٚن اِحساس آسہِ ۔

"کٔشیرِ ہندۍ توٲریخ دان" عنوانس تحت لیکھنہٕ آمٕژ یہِ تمہیدی کتابہِ منز چھِ کٔشیرِ ہندین توٲریخ دانن یا نے کلہن سندِ پیٹھٕ دورِ جدیدس تام تمام اہم مورخن ہنزِ زندگیہِ ہنز مُختصر زان دِنہٕ آمٕژ تہٕ اَتھ سٟتۍ چھِ کٔشیرِ ہندۍ اہم توٲریخی واقعات

# پوٚت منظر

کأشرِ منز چھُ تواریخ لیکھنُک شوٗق پَتہٕ کالہٕ پیٹھہٕ اوسمُت۔ اَتہٕ چھُ سوال وۄتھان زِ ہیٚندو چھُنہٕ تواریخ بطور مضموٗن ژھیکھ پأٹھی نہ پوٚرمُت نہ لیوٚکھمُت۔ اگر چھکھ تہٕ کیٚنہہ لیوٚکھمُت سہٕ چھُ زمانہٕ کِس رفتارس ستی بناوٕنی کتھن منز میلتھ گومُت۔ کٔشیرِ تہٕ چھیہٕ ہیٚندوستأنی تہذیبہٕ کِس رژھوٚتس اندر أسمژ۔ پَتہٕ ہیٚندوستانس منز کیٛنہٕ جایہٕ تواریخ باضابطہٕ لیکھنہٕ چھَنہٕ آمژ، کٔشیرِ منز کیتہٕ آیہٕ لیکھنہٕ؟ کٔشیرِ متعلق چھیہٕ سنسکرت زبأنی منز آیہٕ مژن تواریخن ہنز ذِکر میلان، یا وُنِکِس تہٕ چھیہٕ کیٚنہہ دستیاب، مثلن 'نیلہٕ مت پُران'، 'راج ترنگنی' بیتر۔

کیٚنژن عالمَن ہُند خیال چھُ زِ پرانیو کأشرو ما آسہٕ چیٖن یا وسطِ ایشیاکیٚن لوٗکن ہندِ پٲٹھۍ بودھن یا مُسلمانن ہندِ

ژھ چر سان بیان کرنہٕ آمتۍ۔ دوٚیمہِ نقطن منز ونوٚ زِ قدیمہ پیٹھہٕ
دورِ جدیدہٕ پتس تام ہم واقہٕ کٲشرِ توٲریخ دالو تفصیلہٕ سان بیان
کرنہٕ آمتۍ چھہِ، تِمن سارِنے واقاتن متعلق چھیہ یہ کتاب اکھ سرسری
زان ناکہ توٲریخک سروٚن تہٕ تفصیلی مطالہ کرنہٕ باپتھ ہرِ طالبہ
علمن دلچسپی تہٕ ہیٚنہٕ قومی تشخص ونہٕ انکس کن دِن سنجیدٕ توجہ۔
آخرس پیٹھ چھُ یہ ونُن لازمی زِ یتھ کتابہٕ منز درج کرنہٕ
آمتی کینہہ واقات ہیکن رتم تہٕ اسِتھ یمن ستی نہٕ قٲری یس
اتفاق آسہِ۔ تکیازِ توٲریخ چھُ اکھ تیتھ علمی شوبہٕ یتھ منز رایہ ہند
اختلاف آسنچ سیٹھاہ گنجائش چھیہ تہٕ تحقیقہٕ ستی چھِ تم پرزر
بروٚنہہ کن یوان یم زن وقتکۍ بہاون تل کن کرنہٕ آمتۍ چھِ آسان۔
کٲشر قوم چھہٕ ییمہِ رنگۍ سیٹھہے خوش قسمتھ زِ یتھ کالہ پیٹھہٕ ونیکتام
یہ کیتھاہ توٲریخی واقات متعلق لیکھنہٕ چھُ آمُت تہٕ سورے چھُ
دستاویزو نسخو یا کتابو رنگۍ ونیکتام رژھرتھ تہٕ امہِ ہیچ خوش قسمتی
چھیہ کمنے قومن نصیبس منز آسان۔

مصنف ہندِس نوقطہ نظرس سیتۍ اتفاق کرن چھُنہٕ کٲشرِ
ڈیپارٹمنٹکہ خاطرٕ ضرورۍ۔

رحمٰن راہی

پرانہٕ منز کڈان ۔ نیلہ مت کتہِ آیہٕ ؟ یہٕ چھینہٕ خبر ۔ یہٕ خبر گرنتھِ نیرنہٕ
تیٚلی ییٚر جواب زِ کأشرِ لوکتہٕ ہیٚچھ تواریخ نویسی ۔

ییٚمو ژ ندٕ بادشاہو پتہٕ چھینہٕ پانژتریٚن ہندی ناو کلہنن
اَکھ تیٚتی ۔

یِمن ناموٗلم بادشاہن پتہٕ چھُ کلہن (۱) لَو، (۲) کُش ،
(۳) کھیمندر (۴) سُرنیدر ، (۵) گودھر ، (۶) سُورن ، (۷) جنک تہٕ
(۸) شچینر اٰٹھ ناو پدم مہر ناوکس تواریخ نویس سندِ کتابہِ منزٕ
کڈان ۔ آخری پانژ ناو (۱) اشوک (۲) جلوک ، (۳) داموودر دوم
(۴) ہُشک ، جُشک کنشک تہٕ (۵) اَبھِمنیو اول چھُ کلہن
چھولاکر سنزِ تواریخِ منزٕ کڈان ۔

یِمن دُونزہن بادشاہن پتہٕ چھُ گونند سوم سُند خاندان
بارس یوان ۔

اوایِل دورکین یِمن بادشاہن ہندی ناو کلہنن جمع چھہِ
کٔری متی ، تِمن منز کینژن ہند تواریخی شخص آسُن چھُ بیٚیو بیٚیو
ماخذو پیٹھہٕ ثابتھ سپدان ۔ تِم ماخذ چھہِ سِکہٕ ۔ یوٗرپ کین لوکن
بیٚلہِ ایشیاکین مُختلف مُلکن منز تسلط قایم سپدُ تموٚ لبی
گوڈٕ کیہنہ پرأنی سِکہٕ وسطِ ایشیاہس منز ۔ تِمہِ پتہٕ تتھ مُلکس منز
ییٚتھ افغانستان ناو چھُ نوٗنہٕ آمُت ۔ بیٚیہٕ لبکھ کیہنہ سِکہٕ شُمالی

میل بلایہ ستی تواریخ لیکھُن ہیوٚچھمُت۔ جغرافیایی لحاظہٕ کنہٕ چھُ
چاپِن کشیرِ نِشہِ ستھاہ دفرناک۔ اَتھ کنہٕ ستی چھیہٕ کشیرِ خاص تالُق
تہٕ اوسمُت۔ لہاذا چھیہٕ کینہہ لوکن پننہِ ضروٗرچ کتھ چھینہٕ [illegible] [illegible]
لایق۔ پرانِس ہندِ تہٕ بودھ تواریخی زمانس منز چھُ وسط ایشیاہس
پیٹھ یورِ ہندوستانکے اثر زیادٕ روٗدمُت، توٚتہٕ کیٚہ بیان۔ حملآور
چھِ تمی طرفکٕ۔ باقٕے گوو بودھن ہند روٗ مورخ، بودھو چھیہٕ گریکن،
روٗمن یا عربن ہندی پاٹھی باضابطٕ رکارڈ تروومُت۔ البتہ ہیندن
ہندِ کھوتہٕ چھُکھ ہناہ زیادٕ لیوٚکھمُت۔ مگر سُہ تہِ چھُ کمے۔ دپہٕ ہاو
مسلمانن نِش چھُکھ ہیوٚچھمُت۔ یہ کتھ تہٕ چھیہٕ تہِ کیازِ مسلمانن ہندِ
ہندوستانس منز یہہٕ برونٹھ چھیہٕ کشیرِ منز تواریخس پیٹھ کتابہٕ
لیکھنہٕ آمژٕ۔ لہاذا پرانیو کاشرو کیتھ ہناہ آسہِ تواریخ نویسی ہُند
مضموٗن ہیوٚچھمُت۔ موٗخصر پاٹھی ٹھکوتو یہ جواب زیرِ غور:۔

کلہنن چھیہٕ راج ترنگنی ہُند گوڈنیک حصہ لیکھنہٕ خاطرٕ
پرانہٕ کاہ کتابہٕ تہٕ نیلمت پُران استعمال کرِتھ پرانہٕ راویژ تہٕ ڈیلہ
ختم سپدنہٕ کنہٕ تواریخی زمانہٕ کین دُوشن ہند بادشاہن ہندی حالاتھ چھینہٕ
پرانیو تواریخ دانو درج کرِدٕمتہٕ۔

یمو دُونزاہن بادشاہو منز چھُ کلہنن (۱) گونند اوّل،
(۲) دامودر اول (۳) رانی یشوٚوتی تہٕ (۴) گونند دوم ہندی ناو نیلہٕت

اوّند پوکھ علاقہ اوس گریکن ہندِس تسلطس تَل آمُت۔ یِمے گریک چھِہ کٔشیرِ ہندی بادشاہ بنیمتی۔ باقی گوو زمانہ حالکین ڈُڈ گرن منز ما آسہ پرانین گریکن ہُند کانہہ حصہ۔ سو چھیہ بیاکھ کتھ۔

گریک لوکھ ییلہ کٔشیرِ آیہ، ظٲہر چھُ زِ تِم آسہ پانہ گریک (یونٲنی) زبان بولان۔ تمہ آسہ یتہِ زبانہِ منز ریکارڈ تروومُت آبادی تھٕکھ گریکن تہ کٔشیرِ ہندین ... گریک بادشاہن ترٛاو تِمن ختم گژھنہٕ پتہٕ آسن یِم گریک کاشرین برہمنن یا راجپوتن منز جذب گامٕتی۔ یِموے برہمن بنیمتیو گریکو آسہ کٔشیرِ منز تواریخ لیکھنُک رِواج شوروع کوٚرمُت۔ اکس دوٚن ییٚرن اندر چھیہ پرانہٕ روایژ ژھینہٕ گژھان تہ نوِ پاد سپدان۔
عیان چھُ زِ یِمن نوین برہمنن روٗز نہ ہے گریک زبان یاد، یِمہ کِنہِ گریک زبانہِ منز بتھوومُت ریکارڈ چھُنہ روٗدمُت۔ کلہن تہ چھُ وَنان زِ پرانہٕ روایژ ژھینہٕ سپدنہٕ کِنہِ چھیہ دوٚن ترٛیَن بادشاہن ہنز ڈیٖلہٕ راوِمٕژ۔ تِمَن برہمن کلچرس منز پننہٕ کِنہِ آسہ یِموٚ برہمن بنیمتیو گریکو سنسکرت زبانہِ منز تواریخ لیکھنُک رِواج کٔشیرِ منز شروع کوٚرمُت۔ بلکہ ییٚتہِ پیٚٹھ خاص کٔرتھ گوڈنیک حصہ چھُ بِلکُل گریک کتابو ہُند مُت۔ یتھ چھُ اکہ یونٲنی ڈھنگس پیٚٹھ تقسیم کرنہٕ

ہِندوستان کیٚن واریاہن علاقن منز یِمن منز کٔشیر تہٕ چھیہٕ۔ پرنسیپ، جنرل کننگھم بیتر عالِمو کوٚر یِمن سِکن پیٹھ تحقیق تہٕ وٲتۍ یتھ نتیجس پیٹھ زِ یِم سِکہٕ چھِ گریک یانہٕ یوٗنٲنۍ بادشاہن ہندۍ۔ یِمن آو انڈوگریک ناو دِنہٕ، تِکیازِ یِمن بادشاہن پتہٕ حکوٗمژ آسہٕ وقتس پیٹھ گریسہٕ پیٹھٕ انڈیاہس تام واتمژ۔ انڈوگریک ناوس سٟتۍ چھِ انڈوپارتھین بیتر تہٕ اکھ یوان۔

اکھ آمتین سِکن منز چھُ اکھ ناو ARTEMIDOROS پرنہٕ آمُت یُس کلھن پنڈِس دامودر ناوس سٟتۍ صوتی لحاظہٕ میلان چھُ۔ یتھے پاٹھۍ چھُ سِکن پیٹھ پرنہٕ آمُت بیاکھ ناو GONDOPHARES یُس ناو کلھن پنڈِس گونند ناوس سٟتۍ صوتی ہشر تھوان چھُ۔ عیسوی گوڈنِچ صدی چھِ یِم گریک بادشاہ شمالی ہِندوستان، کٔشیر تہٕ اوٚنٛدۍ پٔکھۍ کِس علاقس منز حکوٗمت کران آسی متۍ۔ راوٕمتین دوٚن ہزار بادشاہن منز گژھن حالس یِم گریک بادشاہ تہٕ گنزراونہٕ ینۍ۔

کینژن فارسی توارِخن منز چھیہٕ یہ رِوایتھ درج زِ گونند اول اوس جموٗ راجن ہندِ خاندانہٕ منز۔ یہ گوو زِ برہ منہ کالہٕ اوسُت یا اَزیک ڈوگرہٕ راجہٕ خاندان۔ سیالکوٹ تہٕ

# نیلہٕ مت پُران

کٔشیرِ تہٕ کاشرین لۄکن مُتلق یِتھ کتابہِ منز پرٲنین رِوایژن ہنز یادداشت درج چھےٚ، تَتھ چھُ نیلہٕ مت پُران ناو۔

"نیلہٕ مت" لفظُک مانے چھُ "نیلہٕ سٕنز ہیدایژ۔"

پُرانن گوو یِتھ منز پرانہ کتھ درج آسن۔ گویا نیلہٕ سٕنزٕ پرانہ ہیدایژ یِتھ کتابہِ منز چھےٚ سو گیہ نیلہٕ مت پُران۔ نیلہٕ ناوک اوس اکھ بادشاہ ناگن ہُند۔ ناگ لفظس چھُ اکھ ملنے کوٚہی انسان۔ پرٲنی علاقن منز بسَن وٲلی لوکھ آسی کاشرین لۄکن کوہن منز سۄکونت تھوَن وٲلی ناگ، دٲنان۔ ناگ لفظس چھہِ بیٚیہِ تہٕ مانے۔

اَمی نیلہٕ ناوکہ بادشاہن چھےٚ کٔشیرِ ہنزٕ پرانہٕ رِوایژ چندر دیو ناوکس برٛہمنس ونہٕ مژ۔ یہاذا یِمہٕ پرانہٕ ہیدایژ، رِوایژ تہٕ دلیلہٕ یِتھ کتابہِ منز چھےٚ تَتھ چھُ نیلہٕ مت پُران ناو۔

رٕنہٕ آمتۍ۔

جنمےٚ جے ہندِس پرٛژھنَس بیٚٹھ زِ کشیٖرِ ہُند بادشاہ کیازِ اوس ہٕ مہابھارتہٕکِس جنگس منٛز شامِل سپدمُت، ویشمپاین چھُس جواب دِوان زِ کشیٖرِ ہُند بادشاہ گونند اوس پننِس رشتہٕ دار جراسندھَن یادو فرقس برخلاف جنگس منٛز شامِل سپدنہٕ خاطرٕ بُلوومُت۔ گونند اوس سری کرشن ہندِس باٲیِس بَلہٕ بھدر سٕندِ اَتھہٕ مارٕ گومُت۔ گونند سُند نیچُو دامودر دراو پننہٕ یادون بدلہٕ ہینہٕ خاطرٕ۔ جنگ سپُد گاندھار یارٕ راول پِنڈِ طرفہٕ۔ اَتھ منٛز سپُد دامودر شری کرشن ہندِ اَتھہٕ مارٕ۔ کشیٖرِ ہُند بجر مدِنظر تھٲوِتھ ییہناو شری کرشنَن دامودر ہنز رانۍ تختس۔ رٲنِ مرنہٕ وِزِ اوس یہ رانۍ دُجان۔ اَمِس زاو نیچُو ییمِس ناو پیوو گونند (دویم) ویشمپاین چھُ دنان زِ نابالغ آسنہٕ کنِہ ہیوٚکنہٕ یہ لرٛکہٕ مہابھارتہٕکِس جنگس منٛز شامِل سپدِتھ۔ یہ داستان چھیہٕ کلہنَن تہٕ نقل کٔرمٕژ۔

اَتھ داستانس منٛز چھِہ گرٕ یکن مُتعلق واقعہٕ یِنہٕ ہیوٚکان

رٕلہٕ وٕیٚز یِکجا میلتھ گٔمژ باسان۔

جنمےٚ جے ہندِس پرٛژھہٕ گارٕ کرنس پیٚٹھ زِ یہٕ مُلک ہے پتھ کالہٕ سٕر اوس تھُونک یتہٕ پاٹھۍ گوو؟ ویشمپاین چھُس دِوان زیوٚہے سوال اوس راجہ گونندن برٛہتھ اشو رٕنبیتس پرٛژھمُت۔

How is there conflict between Yadvas & Gonanda?

وُنِکیس یُس تیاپمت پُران میلاتھ چھُ۔ سُہ چھُ پتھ وَہر آمُت کتابہٕ ہُند نۆو رۆپ۔ یِتھَوا چھُ ظاہِر زِ پرانہِ کتھہٕ چھیہ اَتھ کتابہِ منز تھوڈراہتہ یا بدلاوتہٕ آمٕژ۔

اَمہِ کتابہِ ہِندِس گوڈنکِس حصس منز چھِ کیہہ پرانہِ تواریخی حالاتھ پرانِس طریقس پیٹھ درج۔ تمہِ حالاتھ ٹھیک پاٹھی نومودار کرنہٕ خاطرٕ گرٕژھہِ وارِیاہ تحقیق سپدُن۔ آخری حصس منز چھُ تیرتھن تہٕ جاین ہندی ناو تہٕ تِہندِ بزرگ ذِکر۔ یتہِ ستی چھیہ ییلہِ ناگہ ہینزٕ ہیداییژ، رلوایژ بیتر درج۔

کانہہ اکھ زوٗن ہیکون نہٕ اَمہِ کتابہِ ہُند مُصنف ماٗنتھ۔ وقتس وقتس پیٹھ چھِ لوکھ اَتھ کتابہِ تُہِ کیتھ مانان یا بدلاوان رُوزی مِتی۔ اکھ کتھ چھیہ صاف ظاہِر زِ یتھ شکلِ منز نیلہ مت پران اَزکل ڈیٹھاب چھُ اَمکی لیکھن والی چھِ پُرارہ برٕہمن۔ یہن ترجمہ برٕہمن تہٕ ناو چھُ۔

عالمن ہُند خیال چھُ زِ یہِ کتاب چھیہ عیسوی شیمہِ یا ستمہِ صدیہِ منز لیکھنہٕ آمٕژ۔

پرانی طرزس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ آسنہٕ کنی چھیہ یہِ کتاب دۆن زنن ہِندِس گفتگوہ ستی شورُوع سپدان۔ یم زٕ زَنہٕ چھِ راجہ جنمے جے تہٕ برٕہمن ویشمپاین۔ دوٚنہٕ ورے ناو چھُ مہابھارتہٕ پیٹھ

آمژ۔ پتھ پاٹھی چھُ بادشاہ دہلی شاہ عالم ہندس زمانس منز
محمد اسلم بن محمد اعظم کول گوہر عالم ناوک کشیرِ ہندس تواریخس
منز مولانا احمد کشمیری ہنز "مراۃ الاولیا" امہ کتابہ ہنز رلوائتھ درج
کرِتھ "نوح" تہ "سالاب" یہ کتھ کشیر ہندس سرآسنس ستیٚ رلان
کران۔ امہ پتہ چھیہ یہ کتھ بییہ بییہ فاری مصنفو نقل کرمژ۔

نیلمت پرانس منز بیان کرد ہستی دلوی ہند ناو بنن پتہ
چھُ کشیرِ ہند طبعی جغرافیہ پیٹھ ظٲہر کتھ۔ کشیر چھیہ برابر ناوِ یش
بوزنہ یوان۔ ناو چھیہ نمن نشن تنگ آسان۔ اکھ نم گوس
ورمُلہ تہ بیاکھ بانہ ہالہ۔ منزس چھُس بناہ کھلہ۔ خیال چھُ کرنہ
آمُت زِ کوہ تیتالین تام چھُ پونی تہ اکھ ناوِ چھُ کونسر ناگہ
کوہ تالہ نم آمُت گنڈنہ۔

بحثیت تواریخی دستاویز "نیلمت پران" چھُنہ سیٹھاہ پرٛون
دستاویز۔ اتھ منز چھیہ اکی سہلابچ ذکر۔ زمینہ ہند علم زانن والی
چھِ ونان زِ کشیر چھیہ واریاہ لٹہ سرٛ بنتھ خوشک سپزمژ۔

نیلمت پرانہ مطابق اوس نیلہ ناگ اکہ زمانہ کشیر ہند
بادشاہ۔ مختلف ٹرایب ( TRIBE ) آسی کشیر منز بسان یم
پانہ وٲنی جنگہ جدلس منز مشغول آسی۔ وادی اندرکی کینہہ لوکھ آسی
پرٛونژھ، راز ویر، راول پینجہ بیترِ ملکن منز قتلہ غارتھ کران۔

وۄنۍ چھُ نیلمت پرُانس منز گوننِد تہٕ برٛمھ اَشوٗکُس ہُند

سوال جواب کشیٖرِ متلق شوٗرٕ وِع سپدان۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ یُلہ

کانہہ بدیسی بادشاہت کُنہ مُلکس پیٹھ قایم چھےٚ سپدان اُمیک

نۆو بادشاہ چھُ یُوان اکہ جایہ متلق توارٟخی حالاتھ زانُن یژھان۔

یِتھٕ پٲٹھۍ موغل بادشاہ اکبرَن کشیٖرِ قبضہٕ کٔرِتھ کاشرِین لوکَن ہندی توارٟخی

حالاتھ زانہٕ نچ کوٗشِش چھےٚ کٔرمٕژ۔ باسان چھُ یہ بدیسی بادشاہ

گوننِد چھُ اَمِس کاشرِس ریٚشِس کشیٖرِ متلق پرٛژھ گار کران تہٕ

ریٚوش چھُس جواب دِوان۔

گھ ڈنیتھ چھُ یہ ریٚوش بیان کران زِ قیامژ پتہٕ اوس

ژھ وا پارٕ بوٗنی پوٗنی۔ اَتھ دورانس منز بُنیہ ستی دیوی ناو یتھ

اندر منسوٗ چھُ ساری بیادی موٗحفوٗظ تھوان۔ دیوتا وِشنوٗ بنیوٗد

گاڈ تہٕ گنہٕ ٹن یہ ناو نوٗ بندھس کوٗہہ تھوٗنگس

“نوح تہٕ سالاب” یہ کتھ چھےٚ پرانہٕ بابُل مُلکچ۔

آریاۍ نسلکی لوکھ چھِ پننہٕ اصلی وطنہٕ نیرِتھ کینژن کالس بابُل

مُلکس منز تہٕ روٗدی متی بوٗ چھےٚ “نوح تہٕ سالاب” یہ کتھ شتپتھ

برٛہمن ناوچہٕ سنسکرت کتابہٕ ہندٕ ذٕکر ہیوٗندوستان واتہٕ ناوٕ مژ۔

نیلمت پرُانس منز چھےٚ “شتپتھ برٛہمنہٕ یا ہیٚنہٕ کتہٕ سنسکرت

کتابہ منز یہ کتھ کٔڈِتھ کشیٖرِ ہندِس سرآسنس ستی مِلہٕ ناوِنہٕ

Is this reason enough to turn this surmise into [illegible] fact? Mannsmriti is also styled [illegible]?

"جل اُدبھوٗ" لفظس چھُ مانے " آبہٕ منٛز پاداہ سپدمُت"۔
اَمی سُند پاداہ سپدُن چھُ نیلمت پُرانس اندر عجیب و غریب
طریقس منٛز بیان کرِتھ۔ انسان سُند توٗخم آبس منٛز پیٚتھ انسان
بچِہ بنُن چھُ غلط۔ مانُن پییہِ زِ جل اُدبھو اوس شنگر ناوکس انسان
سُند بچہٕ۔ واریاہ پرانٛی ناو ہِم سنسکرت زبانٛی ہندی چھینہٕ،
مگر سنسکرت کتابَن منٛز چھِ، چھِ وقتکِس گُذرنس سِتی سنسکرت
لفظ باسان۔ جل اُدبھو یہِ لفظ چھُ ہر حالتس منٛز سنسکرت مگر اَتھی
لفظس ہیوٗ گژھِ اَمِس لڑکس بدل ناو آسُن۔ نتہٕ مالِکِنہِ پانٛ
زوِس منٛز پادٕ سپدِنہٕ کِنہٕ آسہِ اَمِس لڑکس یہِ ناو پیوٚمُت۔
نیلمت پُرانہٕ تلہٕ چھُ صاف ظاہر زِ کشیرِ منٛز آسی واریاہَن قبیلَن
ہندی لوکھ بسان۔ جل اُدبھو گژھِ کُمہِ قبیلُک انسان آسُن
یِم ناگَن ہندی دُشمَن آسی۔
نیلہٕ ناگ چھُ کشپ ریشِس وَنان زِ جل اُدبھون چھِ
پرٛوٚنژھ، راژٕویر، گانٛدھار بیترِ مُلک خالی کری متی۔ اَمِس قابوٗ
کرنہٕ خاطرٕ سوٗنچ کانٛہہ تدبیر۔
پیٚٹھاکِنہٕ چھُ کشپ ریشی گوندس سوال کوٚرمُت
زِ مدر دیش کیازِ چھُ واران گومُت۔ اَتھ سِلسِلس منٛز ووٚن
گونددَن جل اُدبھو سُند ناوییمی سُند کارنامہٕ قتلہٕ غارتھ کرُن اوس

انسان ماز تہٕ اُسی کھیوان ۔ نیلہ مت پُرانس منز تواریخی واقع درج کرن وول مُصنف چھُ اکھ سلسلس منز کشپ ریوش سُند ناو ہیوان ۔ یمیو پُرانو مُطابق چھُ کشپ پرجاپتی یانہٕ ہیندو خیالہٕ کنہ آدم ماننہٕ یوان ۔ کشپ چھُ اکہ رایہٕ کنہ ناگن ہند آباواجداد منز گنزرنہٕ یوان ۔ باسان چھُ زِ کشیر ہند کشپ ریوش چھُ تواریخی شخص ۔

نیلہ مت پُران چھُ وَنان زِ کشپ ریوش اوس تیرتھ یاترا کران کنہ کھل جایہ ووتمت ۔ کاشرِس بادشاہ نیلہ ناگس پیوو اَمی سُند کیاہ تام ضرورتھ تہٕ یمِس نوتے وایتھ ۔ داوتھ چھُس دِوان کشیرِ نِش تیرتھ یاترا کرنچ ۔ شمالی ہیندوستانکی تیرتھن یاترا کران کران چھُ کشپ ریوش مدر دیش واتان ۔ مدر گوو جمم تہٕ آس پاس پنجابک علاقہٕ ۔ کشپ ریش وُچھ یہٕ علاقہٕ واران تہٕ اُجاڑ ۔ بیاس ندی بیپور تیرتھ چھُ ریوش وُچھان یہٕ علاقہٕ آبادی نِشہٕ خالی ۔

مدر دیش کیازِ چھُ واران پیومُت ؟ اکھ سوالس چھُ نیلہ ناگ اَمِس ریشِس جواب دِوان زِ ستگرہ سُند بچو جل اُدبھو اوس مبہ لوکٹے روچھمُت ۔ یہٕ لڑکہٕ سپد بائی تہٕ میہٕ طایع رودُنہٕ ۔

زٕمین وڑایہِ نٔژ۔ اَمِ پتہٕ ووٚتھ سوال اَتھ زمینس پیٹھ کم لوٗکھ ٲسِن؟
سارِنے قبیلَن ہندی زِٹھو سمیبہٕ۔ صَدر اوس کشپ۔
نیلمت پُرانہٕ مُطابق چھُ کشپ ریٚوش وَنان زِ یتھ خوٗبصوٗرتھ
مُلکس منز بسُن مانش تہٕ دیو۔ ناگ لوکو تُلٕ اعتراض اَسی بسوٕنہٕ
مانش ذاژ ستِۍ۔ مانش لفظس چھُ مانے اِنسان۔ مگر ناگ
لوکھ تہِ اَسی اِنسان۔ ——— ۔ اَمِ تلٕ چھُ نَنان
مانش اوس کمہِ نام قبیلُک ناو۔ یِتھےٚ پاٹھی دیو لفظ تہِ۔ دیو گوٚو نہٕ
دِوتا بلکہِ چھُ یہِ اکِ قبیلُک ناو اوسمُت۔ کشپ چھُ ناگن جواب
دِوان زِ اگر مانش ذاژ ستِۍ بسوٕنہٕ تیلہِ بسو پشاچن ستِۍ۔ اَتھ چھُنہٕ
چارٕ کینہہ تہِ۔ بیہٕ چھُ کشپ وَنان زِ پشاچ فرقہٕ چھُ ییٚکہِ سمندرُک
اصلی باشندٕ۔ تِمہٕ چھِ بَڈ زٕ فرقہٕ، ہم پانہٕ وٲلۍ دٲیمی جنگس منز
مُبتلا چھِ۔ ہِندٕ بادشاہ     چھُ پرٕتھ زِ ترٕکس ریٚتس منز دُشمنن ستِۍ
جنگ کرنہٕ باپتھ سینکہِ سمندر گرٕژھان تہٕ پرٕتھ اَشدِکس ریٚتس
منز واپس ہمالیہ پِوان۔ میہٕ دیُت اَمس یتہٕ کٔشیرِ منز بسَن
رُہنَس روزنگ اجازتھ۔ ——— ۔ یہ
کتھ بوٗزِتھ چھُ ناگن ہُند بادشاہ نیل ریشس عرض کران زِ
اَسی ناگ لوکھ بسو مانش فرقس ستِۍ تِکیازِ پشاچ چھِ ظالم
تہٕ بِھیانک۔ اَمِ وِزِ چھُ دیوتا وِشنو وَنان زِ ریشس منز

نیلمت پرانکۍ لیکھن وٲلۍ چھُ یوٚہے واقع بطور رلوایتھ راجہ گونند
پنٕدس ٲسس منز تراوِتھ کشپ ریشس بیان کورمُت۔

پتہٕ آو کشپ ریوٚش کشیرِ یوسہٕ وُنہٕ نیلمت پرانہٕ
مُطابق سرٕے ٲس۔

امہِ پتہٕ چھُ نیلمت پرانس منز درج زِ آب کیتھٕ پاٹھۍ
آو ستی سرس نیبر کڈنہٕ۔

کشپ ریوٚش چھُ واریاہن دِوتاہن ہوٚمبران یِمن منز
وِشنو اننت ناوکِس بیٚیس دِوتاہس حکم دِوان چھُ زِ ہمالیس
زُد کرِتھ کڈ سرِ منزٕ آب نیبرٕ۔

پرانن منز چھُ اننت تمس سرٕچس ناو یمس پیٹھ دِوتا
وِشنو آرام کران چھُ۔ سُرف چھُ زیٹھ آکار سان یمس کلہٕ
تہٕ لوٚٹ چھُ آسان۔ بیٚیہِ چھُ ہوٚل ہوٚل پکان۔ کشیرِ منز چھِ
گریو پانہٕ وُڈر اننت ناگ چشمہٕ بتہٕ شوٚروٚع سپدِتھ ورمُلہِ ختم
سپدان۔ نیلمت پرانکۍ لیکھن وٲلۍ چھیہٕ یہاے طبعی جغرافیہ پرانۍ
طرزِ تحریرس منز بیان کرمُت۔

اننت چھُ ورمُلہِ بنتہٕ لڑ ستی یتھ الہٕ باگٕ چھُ ناو دِنہٕ آمُت،
کوہس زُد کران تہٕ سرس چھُ آب نیبر نیران۔ وِدِہِ آو یل
اُڈھو وٕتہٕ تہٕ سپد وِشنو ہندِ اتھہٕ قتل تہٕ بنیہٕ پاٹھۍ گوٚل یہ دُشمن۔

اَتھ مضمونس پیٹھ ییٚلہِ محکمہ آثارِ قدیمہ جان پاٹھۍ روشنی ترٲوِتھ۔

نیلمت پرانس پیٹھ چھےٚ ہیٚندۍ تہذیبٕچ چھاپ نُمایان۔ تمہِ کنۍ چھُ [illegible] کوٚہن، بالن بیترِ سنسکرت زبانۍ ہندۍ ناو دِنہٕ آمِتۍ۔ یہ کتھ چھےٚ پریتھ جایہِ لاگو۔ ہیٚندۍ تہذیب پھٔہلنس برونٹھ تہِ آسہِ کٔشیرِ ڈلکھ بسان روٗدی متۍ۔ تمو یم ناو کوٚہن بیترِ دِتۍ متۍ آسہِ تم کوٚت گےٚ؟ تم ناو چھہِ سنسکرت کتابن اندر سنسکرت زبانۍ ہندۍ ہوی ییٚمتۍ۔

Who told you that?

یتھ کُن آو وَنہٕ زِ دِوتا وِشنو٘ن چھےٚ پیشنگوٗیی کٔرمٕژ، کشپ ریشس ہٕنز کتھ ییٚکہٕ نہٕ چُھٹتھ۔ ناگ بسن ژوٗن یوگن پٔنٕنۍ چَن رٕژ۔ دٔہکس گُذرنس پتہٕ ژٕوکیہ پشاچ۔ ریشہِ ہنز کتھ آیہ پوٗرٕ۔ اُدٕ ہیکۍ بیٚین بیٚین قبیلن ہندۍ لوکھ نہٕ کٔشیرِ وَندس منز بٕسِتھ۔

نیلمت پرانگ [illegible] ژیُم حصہ ہیوٗ ختم گژھِتھ چھےٚ چندر دیو ناوکس اکس برٛہمنس ہنز ذکر یوان، یُس زن بادشاہ نیلہ ناگس سیٹھاہ زاری چھُ کران۔ بھگوان بناوِتھ چھُس دیان "کرُم حفاظت"

اگر نیلہ ناگ بادشاہ تہٕ چندر دیو برٛہمن چھہِ پنٕنۍ پاٹھۍ تواریخی شخصیژ تہٕ نیلمت پرانس منز پٔژ دلیلہ درٛیٚچ چھےٚ تیٚلہِ دراو یہ نتیجہ زِ کاشرۍ برٛہمن چھُ ہیٚندۍ زمانس منز تہٕ تکلیف

کتھ روزِ قایم ۔ پتہٕ ژھوکن پشاچ پانے۔

پیٹھمہِ رِوایژ تلہٕ دراو اَسہِ یہِ مطلب زِ وقتس وقتس پیٹھ چھہِ کشیرِ نیبرٕ پیٹھہٕ پشاچ بیترِ فرقن ہندی غریب الوطن لوکھ یوان گژھان روزی متی۔

پشاچ چھُ ایران مُلکُک اکھ قبیلہٕ اوسمُت۔ یِم لوکھ اَسی پتھ کالہِ ویدِک آرین ستی ہیندوستان آمتی۔ تہندی باقی حصہٕ اَسی ایران تہٕ اوتُد لیکھی کین مُلکن منز روزتھ گامتی۔ نیلہمت پُران کہِ ونہٕ مُطابق اوس یہند بادشاہ نِکمبھ وَندس شُن ریتن نامولوم ریگستانہٕ پیٹھ فوج ہیتھ کشیرِ لبنہٕ یوان۔ مرزا حیدر کاشغری چھُ "تاریخ رشیدی" منز ونان کران زِ یہٕ آس وَندس کشیرِ لبنہٕ فوج ہیتھ تکیاز تبتس منز چھیہٕ تر سیٹھاہ آسان تہٕ کشیرِ ہُند آب وہوا چھُ معتدِل یانہٕ وَندس کم سرد تہٕ ریتہٕ کالس کم گرم۔

میرزا حیدرَ چھُ شُراہمِہ صدی منز لیکھان۔ تَمہِ برونٹھہٕ تہٕ چھیہٕ یہاے حالتھ روزمژ۔

برونٹھکُن چھیہٕ نیلمت پُرانس منز یہِ رِوایتھ درج زِ وری پتہٕ وری اَسی یور نیبرِم لوکھ ژھترس منز یوان، دانہٕ لونتھ اَسی وَندس منز واپس نیبر گژھان۔

امہِ پُرانہٕ تلہٕ چھُ ظاہر زِ گوڈہٕ گوڈہٕ چھہِ کاشر لوکھ ہیندو مذہبکی پَیروکار

یُس ہیٚندیٚن ہُند یتھ زمانس منٛز تہٕ مذہب چھُ۔ بُدھ مذہبک رۄسوٗخ چھُ یتھ حدس تام ظٲہر زِ مہاتما بُدھ سُند زادوہ مناوُن ہہ تہٕ سٕنز موٗرتہِ پوٗزا کرٕنۍ، بودھ بھکشون خٲراتھ دیُن۔ ہیٚندوٗ اوتارن منٛز چھُ مہاتما بُدھ تہِ ویشنوٗ سُند اکھ اوتار۔

ہیٚندیٚن تہٕ بودھن چھُ مذہبی اعتقادن پیٚٹھ پانہٕ وٲنۍ اختلاف اوسمُت۔ مگر سُہ چھُنہٕ تیٚلیٚتھ پرانہٕ تہِ ظٲہر۔ تیٚلیٚتھ پُران چھیٚیہ عوامہٕ چین رِوایژن ہنٛز کتاب۔ اختلاف چھُ ہیٚندوٗ تہٕ بودھ منطقی ینٛ پانہٕ وٲنۍ اوسمُت۔ پنٛزارک برہمن یمو تیٚلیٚتھ پُران بنوومُت چھُ، گَیہٕ منطقی۔ یم چھِنہٕ امہِ مادانکۍ پہلوان۔

لوکھ آسہ مندرن تہٕ سڑکن پیٚٹھ گاشہٕ بایتھ ژٲنٛگی تھوان، کولن پوٗزا کران، پُرانن ہنٛز کتھا بوزان، پننہِ حیثیتہٕ مطابق خٲراتھ کران۔ توٗن خٲراتس منٛز دیُن اوس سٹھاہ رُت پوان مانہٕ، امہِ علاوٕ اوس گاوُن گاسہ دیُن خٲراتھ مانہٕ یوان۔

مندرن منٛز آس کتابن پوٗزا سپدان۔ پرتھ ورِیہِ اوس پرتھ مندرس منٛز مالہِ مناونہٕ یوان۔

تانترک ازم چھُنہٕ کُنہ لیٚنہٕ یوان۔ مگر تانترک دیوی بھدرکالی ہُند ناو چھُ نیٚنہٕ آمُت۔ تتھے پانٛژ چھ درگا، ژکریشر بیتر ناو۔ ژتم اشٹمی اوس اکھ تیوہار مناونہٕ یوان۔

اوسمُت ۔

بادشاہ نیلہ ناگ چھُ چندر دیوَس آو بھگت گرانِ ۔ تَمہ
مِہرا چھُ لُوڑ ہِ لایق، اُمی کرو ہِ پنٕنہٕ پنٕنا۔ سول گرُ گُو کوشن خاتہٕ ۔
فرماوٕ تو کیاہ چھُ حُکُم ۔ چندر دیو چھُس منگان زِ سارنی کاشرین
گژھہِ کشیرِ منز رٕوندس تہٕ بسنہٕ خاطرٕ اجازَتھ آسُن ۔ یہاں شخص چھُ
چندر دیو اوسمُت ۔ نتہٕ دیتِ بس ووٚلہٕ پتھ تراو چھُ پتہ

بادشاہ نیلہ ناگ چھُ بقرار گرالتہٕ زِ بنین ساری کاشرِ
ساری پیٚے وندس کشیرِ منز ۔ بادشاہ نیلہ ناگ چھُ ستی چندر دیو
برہمنس تمہ سارینے ہدایژ تہٕ رلوایژ بیان گران یمہ پژٕ کرنس
پیٹھ لوکھ ہیکن ساری پیٚے ورییس کشیرِ بسِتھ ۔ یمن منز چھُ
وُنتھ زِ کاشرِ لوکھ کہہ دوہہ کم رسم گژھن ادا کرنٕ، ہلپہ بیترِ
کیتھ پأٹھی گژھن مناونٕ ۔ نیلمت پُرانس منز یمن رسمن تہٕ جلسن
ہندِ بیانہٕ تلہٕ چھیہٕ کینژٕن مذہبی، سماجی تہٕ سیاسی حالتن پیٹھ
روشنی پیوان ۔

ویشنوازم چھُ نُمایاں پأٹھی ظاہر ۔ ہشو سُتد چھُ ناو
ہلوان مگر سُہ چھُنہٕ ترک باکشمیرِ شیوازم، یُکر چھُ سناتن دھرم

تہ چھِن۔ چُنانچہ ناگہ کھلیہ ہیٚتھ تہ شینس پٹھ رٹنہ آسہ
کاشرِ دیدن دوستن ستّی پینک کرُن، کیوٚمن بوزان تہ طلائین ہُنٛد
نُہُن دُھپان۔ ٹنان کرن واجہ آسہ پیشہ ور پلیٹ آسان۔ یات
سبزی آس خوب وتادس منز یوان۔ کاشرِین اوس یمہ راہ وتہ ول
پوٗش منز ییہ بہ لت ہییستر ہرتہ بانان آسہ۔ اتھ آسہ تارس پیٹھ
کران، برہمن تہ کھیاوان۔ مگر یمہ اوس کلان متعلق تہ تھنس
بنٛد دوہہ۔ اتھ دوران آسہ پٹھ چُھنہ کار کاشرِین بیٹھہ تماشہ۔
تیٚمہ چیوس کالہ ہیٚنمہ نلہ۔ وہ کیٚنہ تھون سدٛر اوس سٚدی منٛزِ
انگریز خاص مدتہ۔ بالخلاق خام دٛہینس تہ ماتہ ہدس سبتہ
یُرتھ وسٕلی منز پکتا پیتر کھم آس گرین گمتہ کتھن۔ یہ
ناو یوٛہ منٛزیہ اتھ۔ بٔڈین دۄکن اوس سکرٕ قوت تہ تیر کرتہ
پیالند رسن ہورہالن خاطر آو بٔہ گرودار ڈیگہ تہ وانہ کھرِ یوان۔
جلسن منز اوس بادشاہ تہ شٲمِل سپان۔

کاشرِین ہندس تہوارس پیٹھ اوس ویشتہ تگمہ تعلق
اتھ۔ تمہ کنہ اوس کینژن تہوارن پیٹھ ماز کھیوٚن ممنوع۔
شوٗس تلی دِنہ خاطرٕ آسہ آلوٗکہ پوش بناوٕن مروج۔ اگر گاڈ
آسہ ہے دالن کرہ نیلہ آسہ سُنٛد گاڈ لیوان بناونہ یمس
ٹُلہ شوٗر وٕد تہ اچھ منز موکلتہ برنہ اوس یوان۔

سماجی زندگی بسر کرنس مُتلق چھیہ نیلہ مت پُرانس اندر واریاہ
ہدایژ دنہ آمژ۔ مالہ مناونہ وِزہ آسی لوکھ مکانن سفیدی کران۔
مکانن پوشہ مالہ ترزاوان۔ سران کرِتھ تیل منتھان۔
برہمن، راجپوت، ویش تہ شُودر کر آسی یکجا جلسہ مناوان۔
آغہ، نوکر، زنانہ تہ شُدرک آسی یکجا بتہ کھیوان، گیوان، باجہ وایان تہ
ڈراما وُچھان۔ یمن موقن پیٹھ آسی پننین زنانن ستی ٹھٹھہ کران۔
شرابی آسی شراب چوان تہ برہمن بنگہ، گرمی بایتھ اوس گرن منز
نار زالنہ یوان۔ کانگر چھنہ تمہ وقتہ آسمژے۔ بڈین دوہن پیٹھ
آسی نوی پلو لاگنہ یوان، زوُل کران، زار گندان۔ یُس زاوس منز
زینہ ہے، تُس آسی دپان ڈری نیرہ یس جان پاٹھی۔ پہلوان، قصیدہ خوان
تہ ڈراما ایکٹرن آسی انعامہ دنہ یوان۔ گڈ باجہ، برزمہ بجتمن تہ موقعی
پوزا، ہون ہیتر کران۔ سونتھ تہ ہرُد آسی بڈی جلسہ۔ دوہ تہ دوہ
جلسن پیٹھ آسی زمیندار غریب لوکن بتہ کھیاوان۔ دچھہ چنگ
وق اوس خاص اہمیتھ تھوان۔ نو دانہ پیٹھ آسی گوڈ
برہمنن دوان۔ اُد آسی دان لایہ گور رلہ ودتھ پانس آہار کران۔ اکھ
بوڈ تیوہار اوس ویتھ ترواہ۔ بادر زونہ پچھس منز مناونہ یوان۔ اَر
دوہہ اوس زوُل کران، ویتھ پوشہ مالہ ترزاونہ، جلینڈ کھالنہ بیتر
شامل۔ نوشین پیٹس پیٹھ آسی گیوس، نژس ستی شرابی دوہہ

# کھیمندر

'نیلمت پُرانہٕ' کس گوڈنکس حصس منز یوٚسہٕ تواریخی کیفیتھ میلان چھیہٕ سو چھیہٕ تمہٕ زمانٕچ یتھ زمانس اَندر گریک بادشاہت کشیرِ منز قایم سپٕزمٕژ۔ یہِ زمانہٕ گوو تخمینہٕ حسابہٕ عیسوی گوڈنچ صدی آس پاس۔ امہٕ پتہٕ چھہِ بیٚیہِ تہٕ تواریخ نوٚیس وۄتھیمتۍ۔ مگر تہنز کتابہٕ چھےٚ سائنس زمانس نام واژمژٕ۔ اَسی چھہِ ہٕہمہِ صدی درمیانس واتان یُس کلہن سُند زمانہٕ چھُ۔

تتھ زمانس منز اوس علمِ معرفت، منطق بیترِ مضموٗن پیٹھ کتابہٕ لیکھنُک رِواج۔ کھیمندرن (کلہنس بروٚنہٕ ہنٛز شتھ ؤری) چھُ مذہبی اموٗرن علاوٕ دُنیاوی اموٗرن مُتلق تواریخ، علم بلاغت، ڈراما، نظم تہٕ کاشرین لوٗکن مُتلق سماجی زندگیہِ پیٹھ واریاہ لیوٚکھمُت۔ یہِ سوٚدُر چھُ علمی دُنیہس منز اکھ نوٚ پیداٲیش، یوٚسہٕ سنسکرت

تہ پتہ آسہ ہُہ گاڈِ یرہٕتھ پیش لوان کرنہٕ۔ دھد تہٕ بتہٕ اوس اکو عیاقتھ مانہٕ لوان یتھ منز دٕشکہ بتہٕ تہٕ شاگی اوس رکھبڑر اُس قاص ضیافتھ۔ گور، اوم دود، نامُت دود، ماچھ، سوٗت، ڈُچھ، ڈان بیتر اَکھ کھینہٕ چیزن منز سبٹھاہ ناکھٕ۔

یم رسم، ریتہٕ تہٕ رواج نیلہمت پرانس منز دریچ چھٕ، تم چھِ داریاُس حدس تام سائنس یتہ زمانُس تام تہٕ ورتاوس اندر لیوان۔ ہندو زمانہٕ کین کاشرٕ لوکن منز حبُ الوطنی ہُند خیال آسُن چھُ نیلہمت پرانس اندر یتھ پاٹھو دٕرینٹھ لوان زِ پریتھ کانٛہہ نالہ، جوے، کول عتاکہ کُنہٕ نہٕ چھیہٕ متبرک۔

وُچھتھِ ہُند آب ییٚمس شخصس مرنہٕ وزِ اُسس منز تراونہٕ یِہِ ہا یِنہٕ اوس لوان زِ سُہ شخص چھُ سیوُدُے جنتس گژھان۔

یوتام نیلہمت پرانہٕ کین مختلِف حصن ہُندِ لیکھنک الگ الگ زمانہٕ مقرر ییہِ نہٕ کرنہٕ زِ کتھ وقتس منز آیہ کوسہ لیکھنہٕ تُوتام چھُ سیاسی حالتُک ٹھیک تھ بکھُن بییہ ناہِ۔

پانٛس مُتلق ٹھٹھ لوٗزتھ ترٛنہٕ گا موٗصوٗف سیدٕ پتہٕ پننِس زُوئِس منٛز انٛ سدھارٕ۔

'دیش اُپدیش' ناوٕچہ کتابہِ منٛز چھُ کھیمندر گوٗڈنیتھ گنپت جیوٗ نس باد کرانٛ ژنٛکیاز ہیٚندوٗ مذہبٕ مُتعلق چھیہٕ برٛتھ کارس اُچھے پتھ دِوتا بس گوڈٕ اَنہٕ داوٕری۔ دیان چھُ اُمس دِوتا ہٕ سنٛدِ پن دٔندانٛ ہنٛز ترٛتھ چھیہٕ ژوٕ پٲری گاہ ترٛاوان۔ گاہ یانٛ سفیدی چھیہٕ اُسنک تٕتہٕ ژنٛکیاز سفید وٕنٛد چھہِ بیرٕ پٔژلالی۔ اِشارٕ چھُ دِوان لوٗکہٕ چھہِ ہیڈان 'زٕرمہٕ مالا' کتابہِ منٛز تہٕ چھُ وَنان زِ عاٰیب دار لوٗکن ہنٛزٕ کرُن چھُ میوٗن مقصد۔

کھیمندر سنٛزٕ کتابہٕ چھیہٕ ازکل غلط طریقس پیٹھ پرٛانِن کاشُرِن برخلاف لیکھنہٕ باپتھ اِستعمال یوان کرنہٕ۔ کھیمندرن چھُ طوٚائفن مُتلق تہٕ لیوٗکھمُت۔ امہِ تلہٕ چھُنہٕ یہ مطلب نیران زِ یتھ کالہِ اُسی کٲشرِ کردارٕ زِنگو گرہمتی۔

'دیش اُپدیش' کتابہِ منٛز چھُ کھیمندر سماجی زندگیہ ہندین یمن شخصن مُتلق لیکھان:-

کھوٗر (بدماش)، کوٗنژاس، پھچہٕ کُٹن، کالیچ ژاٹھ بُڈہٕ مہرازٕ، گوٗر، کٲرک، خانداَنی بابے، بٹہٕ، شاعرِ، کیمیاگر، زاری، شٕمتی، سینتاری، حکیم، عالِم، لکھاری، بیوٗ زنانہٕ بیترِ۔

سارنے بروٗہ چھُ کھیمندر گانہٕ، گانٕس تہٕ پھچہٕ کُٹٕنہٕ متلق

تہٕ جیرِک منز یہ جوڑ چھیہ۔ کھیمندرن آس پانہٕ بارتاس ہِتۍ

تواریخ نرپاولی سنسکرت زبانِ منز لیچھمژ۔ سو چھنہٕ اَسہ تام واتمژ۔

کلہنن چھُ اَتھ تواریخس تعلق ووٚنمت زِ 'نرپاولی' منز چھیہٕ

دہہ ہزار شلوک۔ یُو تام چھُ اصل 'نرپاولی' اَتھ بیہ تمہِ پیرونہ ترنگنہ

کلہنن منز اَتھ چیٚنہ دے ظاہر کرنہٕ پیٚو۔

دیش اُپدیش، نرمہ مالا، 'درپہ دلن' سمے ماترکا۔

یمن کتابن اندر چھُ کھیمندرن کاشرین ہندِ سماجی زندگی ہندی

حالاتھ ٹھِٹھ تہٕ بندِس طرزِ تحریرس منز بیان کران۔

ٹھِٹھ بکر کیلکیہ وضاحتہٕ باپتھ چھیہ یہِ مثال پیش۔ کھیمندر چھُ

وَنان زِ خاندانی آسُن تہٕ چھُ اکھ گھمنڈ۔ "درپہ دلن" نِیٚمیک اُردو

ترجمہ "گھمنڈ توڑ چھُ" اَتھ کتابہِ منز چھُ کھیمندر ونان یُس دپہِ اکہ

کیا گے خاندانی۔ تمِس گژھہِ پرژھُن کو موکھ چھپہ تُہہ یہِ بجر

تہٕ دپہِ اُسی کیا گے فلانی ہندی اولاد یُس بوڈ موہنیواوس۔

کھیمندر چھُ ونان پرژھُن گژھہِس اگر چانہٕ مابہ غلطی آسہ گژھہٕ

تیلہٕ ماگوکھ تہٕ خاندانی۔ اُدیکا کر تلے زہن تو ٹھِٹھ بکر چھیہ امی چالہٕ۔

کھیمندر چھُ 'دیش اُپدیش' کتاب لیکھنک مقصد پانے

بیان کران زِ یمن لوکن فند فریب بیترِ روزمرہ زندگیہ ہند

حصہٕ چھُ تہندِ خاطرِ چھیٚنہ یہِ کتاب لیکھان بلکہ تہندِ باپتھ یمن

پاُرش گرِتھ، رنگ برنگ پلو لاگِتھ۔ شرم چھُ اَوہ موکھہ موحسوس کران تیکبازِ کتابہِ ہندو ونھ چھُس ملُہ آسان یکن گ چھ گرایہ ماران گرنھان یوکن بوِہناوان کھوربانگ "گرِچ گرِچ" ہتی چھُ پننس کرُس کُن نظر ترٛاوان یَتھ منز ووزلس کمربندس اَندر چھُرکٕ چھُس آسان۔ کالجہ نیرتھ چھُ خاص اندازس منز اَتھ تہٕ نمہ پھرناوان۔ بدنام بازرن منز چھُ آوارٕگردی کران، یِنتہ اُمس بدنام ڈَکہ یار چھِ بنان۔ ووڈ چھِ اَدٕ گشپھیہ ہا پَتہ نو ب ؤگہ [illegible]۔ سہ یے زنانہٕ چھِس کھوژان۔ آوارٕگردی منز اگر کانہہ پیٛٹھ ژھس تُہ لم چھِ دہ پننہ بدلہ چھُ ماٰلِس ناوٕ دِنہ۔ زنانَن ہنٛزن مجلسَن منز چھُ جاٹھ وَنان امِ باپتھ زِ یمہ اَسَن یا کینہہ کرَن تہٕ بہ ہٮ۪تلہ لُطف۔ زارس منز ہاُرتھ چھُس وِکرمٔنز گرژھان۔ ہوٗل گنٛڈِتھ، مَس پاٗرِتھ، نارٕ لگاوِتھ، ڈنڈٕ اتھس منز ہیتھ چھُ کالج بلڈِنگ وٲلِتھ ژھنان۔ مجال چھا زِ پکنک بیترِ موقعن پیٹھ پیہ کانہہ اَکھا یہِ اُمس سُجھِ تیکبازِ اَدٕ چھپیہ واریاہ چھِ باُزی گرٛمژٕ آسان ــــــــــــــــــــ کھینہ ہر چھ

وَنان زِ طالب علم چھُ نہ انہور، نہ نیٛنھر ودل، نہ بن باسہ نہ سٔنزیاسی۔

کالج ہوسٹلس منز اگر دود باُگراونہ آسِ یِوان۔ یہِ شخص چھُ بوڈ باُنہ ہیتہ پوان ناکِ اتھ منز واتس زیادٕ۔ وانہ اگر اعتراض کریس تمِس چھُ نوٗر ہیتہ پتے لاران۔

یکھان۔

## کھوٗر (بدماش)

کمبخت چھُ وَنان زِ بدماش تہٕ ہوٗن چھِ اَکی کَپٹہٕ۔ اگر بدماش لاعلم آسہِ مانُن گژھہِ یہ گوو سُہ کُتہٕ یمِس دَند پھیُرِتھ چھِ۔ اگر باعلم آسہِ تیلہِ گوو یہِ سُہ کُتہٕ یمِس پَکھ تہٕ چھِ۔ اگر بدماش تارِیف گژھِ تم آسن بیٚہ جان۔ اُمہِ ہنز یارٕز چھےٚ ہاپھتہ یارٕز۔ اگر دِیہ کینہہ سُہ چھُ آسان وُلرٕ چیٖنز اژِس وَرٲے مارِ سارِنی۔ آخس تزدیکھ گژھِ تھِ چھیُس کَنس منز زہر تراوان مگر مَران چھِ تم یم دِرِ آسن۔ بمہ چارِتھ، دولہِ وُچھتھ چھُ یہِ منز بدماش شریف لوکن دستارس رٕب لدان۔

## کالیج زاٹھ

یتھرِم طالبِ علم یٖلہِ کُنشِرِ تالیم حاصل کرنہٕ یوان چھِ۔ سبہٕ رسَس پیٹھ مُفت بَتہٕ کھیتھ تہٕ ڈٲلہٕ گنڈی دِتھ چھِ نوٗی نٔڈ ہی سپدان۔ گوو ووڈی کالیج منز داخل۔ ویان چھُ یہِ چھیُس کُنشِرِ آرے فلاسفی آف گرادِ منطیق تہٕ تجرباکر سوکوٗل افلاسفی پرنہٕ آمتت آسنی۔ مگر اُمس چھُنہٕ رسم الخط یوان پھاپٹو یوان آسان۔ پرٕیرنگ پھرُز چھنہٕ گژھتھے۔ کالیج چھُ یوان عمر

کُن۔ تٔمہٕ کشیرِ ونانہٕ شہ زانہٕ کنہٕ چھُ سارنٕے افغان نیوٹر جنڈر بناوان
بوزنُک موختصر پاٹھ اَمِس عرضٕ صوبہٕ چھیہٕ اکھ دَندٕ دگہٕ۔

## کایستھ (سرکاری مُلازم)

کشیرِ ہِند بادشاہ اَننت (۱۰۲۸-۱۰۶۳) اوس بدیانت سرکارک عمٕلہٕ دٔباوُنس منز کامیاب سپدمُت۔ اَتھ عملس یا نوکرشاہی اَدِس ناو کایستھ۔ کایستھن منز آسہٕ لوکہٕ کیھوٕر بٔڈی افسر، یِمَن مُتعلِق ہنز حُکم رانی تل کتھ پاٹھ اوس کشیرِ منز لوکھ کھونہٕ کٕہ سپدان، یِ ونُن چھُ بحث بٔتہٕ اکھ تواریخ نٕویس کشیمندر ینٕز تُرۄمالا کتابہٕ ہِند مقصد۔ کشیرِ ہِند نٕتام ونیتھ کیتھ اوس پتہٕ کالہٕ؟ اَتھ مضمونس پیٹھ چھیہٕ یہ کتاب سیٹھاہ روشنی ترٛاوان۔

کشیمندر چھُ گوڈنیتھ وَنان زِ کایستھ یا سرکارک اہلکار کتھہٕ پاٹھۍ گیہٕ پادٕ۔ دلوتا وشنوون آسہ ساری بدماش دِلہٕ ختم کرِدتہٕ دلون ہنٛدی اکوئنٹنٹ دوٚپ ماہ گوس۔ یہ لوگ تیپیا کرنہٕ۔ کلیگ گوس خوش تہٕ سیدُس ظاہر۔ دوٚپُن گرٛیشہ سارنی دُوناہن تاش کرنہٕ یایِتھ چھُس یہ کشیر سوزان تہٕ مزید تمیس ونان زِ ہتھہٕ بار دیمے قلم۔ اَدِ ہیتُن گرٛیشہکہٕ رَس دیُن ساری مندر گرٛیشن واراتہٕ برہمن ترٛکھ شہ روزی۔ ناو گوس [illegible]

کھوربانہٕ، سِتار، شرانٛہٕ پٕچھ، قلم دان، ژادرٕ، کھونٛد، وستر پلو،
کَھسن گژھِ بیترِ۔ ملاقس منٛز دورٕ وزِ اگر گٕنہِ گامَس اَندر اژِ، سوٗرے
گام چھُ راش ہیتھ اُمِس خدمتھ کرنہٕ باپتھ ژٕستھ یِوان۔ اتھ پیٹھ
چھُ بیگارِ موٗزوٗرن اَتھِ یِم چیز گرٕ روانہٕ کَران۔ گیو، ماچھ، نوٗن،
دالہٕ، ژادرٕ، مورچرٕ وِی کھوربانہٕ، کَنٛڈ، پٕچھن، دَچھ، شراب، ڈوٗلی،
چارپایہٕ، بانہٕ بٕنٛڈ، مصالہٕ، نقد ہارٕ تہٕ بیٚیہِ تہِ وارِیاہ چیز۔ تحصیلدارٕنۍ
بُرونٛٹھ اگر اُمی سٕنٛز آشنۍ ہمسایِن تیوٗنگُل منٛگہٕہے تٕہ اَمِس پٕہ
دِوان۔ تحصیلدار صاحبنۍ آشنۍ چھیہٕ ووٚنۍ پان شُپٕڈی بناوَنس منٛز
مشغوٗل روزان۔ دپان چھیہٕ پونٛڈ مال چھُم نہٕ پَسند اَمہٕ بدلہٕ گژھہٕ
زاگِرج مالہٕ ہٕن آسنۍ۔ بُنگہ چھُ بَنان یَتھ ٹیٚپری سفید تہٕ اَنھٕرک
ووٚزُل رنگ چھُ کرنہٕ یِوان۔ نوکر چھِ شُمارٕ روٚس۔ تحصیلدار صاحب
چھُ حُکم کَڈان یہِ نیوٗن جیل، ہُمِس دٲوِ، او اگر بٔڈِس افسرٕ سٕنٛد
کاغذ واپس لوکن کرٕ منٛد      تہٕ کاغذ چھُ      ژٕتھہٕ ژھٕتان۔
پرانین پٕچھارن چھُ مُعطل تہٕ نوین بھرتی کران۔ سرٕ رٕ رِکاڈ
بدلاوُن چھُ اَمِ سٕنٛد اکھ کرتب۔ تحصیلدارٕنۍ برونٛٹھ آسی
اُمِس چھیتیس ہنٛز آشنۍ واہ دار پُچھٕ ہیٚن پیالَن منٛز مُنگبتھ
اَنِم چَوان، سوے چھیہٕ ووٚنۍ روپہٕ سٕنٛدِن پیالَن منٛز نافہٕ
ترٲوِتھ شراب چَوان۔ اُمِس مُتعلق چھُ کیٚمتام وَنان زِ یہِ چھُس

دِوِہ یاہِ ڈیپر۔ یہِ ڈیتھ سپڈ گرِیگ اُنتردان تہ دراو دِوِہ ماداس منزِ پیٚہِ وُرتاوِنہٕ۔

دوٚیِمِ چھیلا ٹارچ آسان زِ ہوم ڈپارٹمنٹس اندر کینہہ سیکرٹری۔ فندفریب کرِتھ چھہٕ اَتھ کُرسیہ بیٹھان۔ اَدِ سُند عملہٕ چھُ آسان ظالم، زُوٗر، مکار، لالچی تہٕ تیز زبان لوکھ۔ کاغذ چھُ زوٗرِ تھوان۔ دوٚرِس نیبر تہٕ ڈنڈ پولیس چھُس رتی آسان۔ گُنہِ مُتبرگ جایہ وانتھ چھُ پاٹھ پران، اوٚنش ہاران۔ اگر کُنہِ جایہ لوکھ آسن بھوک ہڑتال کران، تِہندِس کُلس پیٹھ چھُ بیاکھ پارٹی کھڑا کران تہٕ یتم پاٹھی چھہٕ نم پانہٕ وانی اکھ اکس ہاران۔ دوٗرِ چھُ حُکم دِوان زِ یم موٗدی تمن گنڈِو گوڈن منز تہٕ کڈِ تیکھ کھکھرِ۔ اعتراض کرن والین کرِو لوٗٹھ تہٕ ژھینیکھ مارِنہٕ۔

کالیستہ سُند کردار بطور تحصیلدار چھُ ہاکان کٔن۔ تحصیلداری میلنہٕ برونٹھ چھیہ کالیستس اقتصادی حالتھ بیحد گرِ بچھس کاسوِ ہیر مُند آسان۔ دسہ کو بدل ڈزہ پرا خمادیر نُٹ تہٕ کھوٗرن ہوٗنی کلیچر پاٹزار کھلر لاگتھ آسان۔

اُسامین لیشہ چھس یم چیز مطلہ وانان چھرِ، کال بل، آتنہ، ---

یہِ گو ہیزن والین طالبِ عِلمن ہند باپتھ چھُ یتھ کتابہ منز کالیستہ سُند کردار صرف بجھیٚنتھ اکھ دوٚرِ تہٕ تحصیلدارس یوت درج لیکھان کرنہٕ۔

# کلہن

کلہٕن چھُ راجہ جے سِنگھ سنہٕ ۱۱۲۸، ۱۱۴۹ء ہٕندِس دورٕ کوتس اندر ووتھمُت۔ اَمی چھیہٕ "راج ترنگنی" ناوچ کشیٖرِ ہٕنز تواریخ زمانہٕ قدیمہٕ پیٹھٕ پنٕنِس وقتس تام سنسکرت زبانِ منز لیچھمٕژ۔

کلہٕن ہٕندِس مالِس اوس ناو چنپک یُس راجہ ہرش ۱۱۰۱ء، ۱۰۸۹ء سنہٕ کِس دربارس منز منتری اوسمُت۔ یِہند خاندان اوس پَرِس پور ناوکِس گامس منز واقع۔ یہِ گام چھُ سری نگر وَرُل سڑکِ پیٹھ واقع۔

"راج ترنگنی" پُرِتھ چھُ نَنان زِ تَمِہ زمانٕچ رأیج مذہبی تعلیمہٕ علاوٕ چھُ اَمِس بیٚیَن بیٚیَن مضموٗنَن مثلَن تواریخ نوٚیسی علم بلاغت بیترِ پیٹھ تہٕ دستگاہ اوسمُت۔

کلہٕن چھُ کنہٕ یا تواریخ لیکھنہٕ کِنہِ ہمعصر مورخن منز مشہوٗر اوسمُت۔ منکھ اوس اکھ شاعر کلہٕنس ہمعصر۔ اَمی آس اکھ نظم

رِٹنہِ پسندِ قلمہٕ ٹرسیٹ بجر۔ آخرس پیٹھ چھُ گورنمنٹ تحصیلدار صابُن جایداد ضبط کٔرِتھ اُمس گرفتار کٔرِتھ جیل بران۔

یتھے پاٹھۍ چھُ کینہہ یمن اہلِ کارن ہٕنٛد طایفہٕ دٔرن ہندی کارنامہٕ ہُنٛدس خاص طرزِ تحریرس منز بیان کران۔ مثلن:۔

خُفیہٕ پولیس، مندرن ہندی نِگران پولیس افسر، ہیڈ کلرک، گنٛج وٕرد یادٕ ٹریجری آفیسر، پٹواری، پرایویٹ ٹیوٹر، حکیم، جیوتشی، عدالتی کارندٕ، بٹہٕ گور، بر، اُچھ ڈاکٹر، سرجن، یادٕ ووٗد بیتر۔

کرِمتہٕ۔ سوٗرت ہنزٕ منظوم تواریخن مُتلق چھُ رلے دِوان زٕ اَتہٕ چھِ واقع ژھوچرس منز ینہٕ کِنہٕ تواریخ چھپہٕ پھرانہٕ گامژٕ۔ کھیمندر ہنزٕ 'نرپاولی' مُتلق چھُن وۄنمُت زٕ یہٕ کتاب چھیہٕ دۄشوٕ برتھ مگر 'نرپاولی' چھیہٕ وُنِکیس دستیاب۔ اَمی ہنزٕو موجوٗد کتابو تلہٕ چھُ نتان زٕ اَمی شند طرزٕ تحریر چھُ باقیوٕ لٹہٕ بدوٚن ویوکیچہٕ کتھ ریٹھرٕ مرجہس منز وٕنہٕ۔ باسان چھُ زٕ ییٚہے طریقہٕ ما آسہٕ کھیمندرن 'نرپاولی' لیکھنس اندر تہٕ وَرتوومُت۔ اَمیوکھ چھِنہٕ کلھنس نرپاولی مُتلق جان رلے۔ امہٕ نکہٕ چھُ نتان زٕ کلھن چھُ اصلی ماخذن پیٹھ تہٕ نظر تراوان اوسمُت۔

ییٚتہٕ ییٚتہٕ کلھنس کُنہٕ کنہٕ چھُٹ چھیہٕ روزمژ سو چھیہٕ اَمی ماخذ وُچھتھ دوٗر کرنچ کوشش کرمژ۔

نوٚ تواریخ لیکھن وول چھُ پرانیٚ ماخذ استعمال کرنہٕ وِزِ اکثر غلطیہٕ کران۔ لہٰذا چھیہٕ نوِ کتابہٕ منز تہٕ غلطیہٕ اژان۔ یمہٕ غلطیہٕ روزنس چھِ واریاہ وجہہ، یا چھیہٕ ماخذ لیکھن والیٚ مورخن پانہٕ زاتی یا انزاتی منز غلطیہٕ کرِمژ آسان۔ یہٕ چھُ ثابتھ سپدمُت زِ لکھارک چھِ پانے کتابن قلم ژانان۔ ییٚتہٕ فکرٕ ترکھوٚنہٕ؛ دیان یہٕ چھُ غلط۔ بانہٕ چھیہٕ بوزمژ کتہٕ یمن رلوایژ ناو چھُ، چھیہٕ پرانین کتابن اندر درج۔ یرتھے کتابہٕ ییلہٕ نوکر تواریخ لیکھن

'شری کنٹھ چرِت' پبلش کرنہٕ باپتھ اکھ مُشاعرٕ کرنووُمُت ' یتھ منز تمہ زمانہٕ کیو سنسکرت شاعرو پننُ کلام پرِتھ بوزنووو۔ امہِ مشاعرُک بیان چھُ 'شری کنٹھ چرِتہٕ کس آخری حصس منز درج ' یتھ منز مُنکھ چھُ کلیان ناوکس اکس کتھ یا تواریخ لیکھن واِلس سند ناو ہیوان۔ کلیان گوو کلہن۔

'راج ترنگنی' لفظس چھُ مانے بادشاہن ہُند دریاو۔ بادشاہن متعلق ڈلیلو علاوہ چھیہ اتہِ کاشرین لوکن ہنز سیاسی، سماجی بیترِ مضمونن پیٹھ روشنی تراونہٕ آمژ۔ کلہن چھیہ شاعرن متعلق زیادہ دلچسپی ہاوِمژ بہٕ نسبت مذہبی رہنماہن۔ کشیر ہندی بڈی بڈی منطیقی، فلسفی تہٕ یوگ چھہِ امی نظرانداز کرِدمتہٕ۔ یتھ کالہِ چھہِ نہٕ عالم ورتھی منتہٕ یمو بیکو لکراندس منز دلچسپی چھیہ ہاوِمژ۔ اکھ گوو کھیمندر تہٕ بیاکھ پانہٕ کلہن۔

کلہن چھُ ماخذن ہندی ناو ہیوان، یمن منز چھیہ پرانہٕ گاہ کتابہٕ تہٕ نیلہ مت پُران'۔ امہِ علاوہ چھُ امس بروٚنٹھکنہٕ بیتہٕ تہٕ واریاہ ستر چھہ اوسمت۔ یم تاریخی مُسودہٕ چھنہٕ اسہِ تام واتمتہٕ۔ کلہن چھیہ یمو منز کشیر متعلق پرانہٕ ڈلیلہٕ جمع کرِتھ اسہِ تام واتہٕ ناومژہ۔ اوہٕ موکھ چھیہ امی پننہٕ 'راج ترنگنی' اسہِ خاطرٕ اہمیتھ کھوان۔

کلہن چھہِ پرانہٕ ماخذ کم زیادہ چھالن ہیٚن کرِتھ پننہٕ کتابہٕ 'راج ترنگنی' لیکھنہٕ باپتھ استعمال کرِ متہٕ۔ یمن پیٹھ چھن رِمارک تہٕ پاس

سرینگر ناو پیوومُت۔ راج ترنگنی ہُند فارسی مُترجم پیر غلام حسن کھویہ ہامؠ سٕنٛدِس دٔیتہٕ مطابق چھُ یہ شہر راجہٕ پرؤرسینَن بنوومُت یتھ منٛز تٔمۍ دیوین ہندۍ پانٛژھ مندر بناوۍ، یِمَن آسۍ سدبھاوشری، کلاشری، لوکشری، مہاشری تہٕ پرؤرشری ناو۔ کلہن تہٕ چھُ ونان زِ راجہٕ پرؤرسینَن بناوۍ پانٛژھ مندر یِمَن سارنٕے مندرن ہندین ناوَن سٕتۍ اوس 'شری' لفظ تہٕ پوان مثلن سدبھاوشری۔ راجہٕ پرؤرسینَس سندِس بناوِہمتِس پرؤرپور شہرس چھُ دۆیُم ناو سرینگر اوسمُت۔ یانہِ سُہ شہر یتھ منٛز "شری" ناو تھوَن وٲلۍ مندر آسۍ۔

یوٚہے دۆیُم ناو یانہٕ شری چھُ عوامس منٛز دٔرِتھ گومُت۔ بادشاہَن ہندِس مَرنَس سٕتۍ چھُ تِہنٛد ناو واریہ یادداشتہٕ منٛز نیبر نیران۔ سلطان سکندرن اوس سری نگرس منٛز اَکھ محلہٕ سکندرپور ناو تھوومُت یتھ پرُون ناو نوہٹہٕ اوس۔ سکندرس پَتہٕ رُودُیہ سکندرپورُک ناو عوامس یاد، بَلکِ نوہٹہٕ رُود چلہٕ وٕنۍ۔ سری نگر شہرُ خاطرٕ سنسکرت کتٲبی ناو چھُ پرؤرپور یا سری نگر تہٕ فارسی کتٲبی ناو شہرِ کشمیر۔ موغل زمانَس اندر یِمہٕ فارسی توارِیخہٕ لیکھنہٕ آیہ تِمَن منٛز چھُ سرینگر ناو استعمال کرنہٕ آمُت۔ سوال چھُ وۄتھان زِ کلہنن کیازِ چھےٚ امہِ شہرچ بُنیاد شری نگری ناو تھٲوِتھ اشوکِ اعظمس کُن منسوب کرٕمٕژ۔ اَتھ کتھِ بر ہے سدبھاوشری بیترِ مندرن ہندۍ انسکرپشن وُچھتھ واتِھ، مگر تِم

ڈاکس برونٹھ کُن آیہِ سٕہ چھُ انزاکی منز غلطی کرنس کُن مٲیِل سپدان ۔
یِہہ کتھ گرٛہن کاہنس پیٹھ تہٕ لاگو سپدان یِتھپاٹھۍ باقین پیٹھ
چھِنہٕ لاگو پوان کرنہٕ۔ پرانۍ ماخذ چھِنہٕ الہامی کتابہٕ یِمن پیٹھ نہٕ
شکھ ہیٚیہِ کرتھ۔ پرانین کتابن ہِندک نوسخہٕ یِم اَسہِ تام واتِمِتۍ چھِہ،
تِہندِس مسوٚدس پیٹھ شکھ کرُن چھُ تواریخ لیکھن والین نِش
اکھ بوٚڈ اوٚصوٗل۔

کلہن چھُ وَنان زِ سرینگر شہرچ بُنیاد ترٲو اکہِ بادشاہن
یمیس اشوک ناو اوس۔ راج ترنگنی ہندِ بیانہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ یہِ
اشوک گوو اشوک اعظم یُس بُدھ مَتُک پاروکار تہٕ سرپرست
اوس۔ 'راج ترنگنی' منزٕ چھُ وَنِتھ زِ راجہ پرٛوسین (دوٚیم) بنوو
اکھ شہر کشیرِ منز یتھ پرٛورپور ناو تھووُن آو۔ یِمن لیکھنہٕ آمتس واریاہ
پرانِس سنسکرت لٹریچرس منز چھُ یوٚہے ناو استعمال کرنہٕ آمُت۔
البتہٕ شری ور سِنز زینہ 'راج ترنگنی' منز چھُ سری نگر لفظ۔ اوکھٕ مہ
صدی ہِ (عیسوی) ہِندِس چیٖنی کِس رِکاڈس منز چھُ سرینگر لفظ
بدلہٕ پرٛورپور ناو درج۔ اَتہٕ چھُ سوال ووتھان زِ پرٛورپور لفظہٕ بدلہٕ
کِتہٕ آو سرینگر لفظ بارسس۔

مغل بادشاہ اکبرن چھُ 'راج ترنگنی' فارسی ترجمہٕ کرٕنوومُت۔
فارسی مُترجمن چھِہ پرٛژھہٕ گار کرمٕژ زِ یتھ شہرس کمہٕ وجہہ کنِ چھُ

بیترِ علاقہٕ آسی کٲشِرِ ماتحت۔ امہِ خاندانُک سارِوے کھوتہٕ بوڑ بادشاہ گوو راجہ للتادتیا۔ اَمی سٕندی سِکہٕ چھِہ امہِ ناوٕ وُنیکتام اَتھہِ آمتی۔ جناب محمد امین ابن مہجور یُس کٲشِرِ منز سِکہٕ پرکھاونُک اکھ ماہر چھُ، چھُ میٚہ وَناں زِ راجہٕ للتادتیا سٕندی سِکہٕ چھِہ ہیندوستانس منز دَرامتی یِمَن پیٹھ "جے پرتاپ" ناو چھُ۔ راجہٕ للتادتیا سٕندی فوتوحاتھ چھِہ کلھن تفصیلہٕ سان بیان کٔران۔ اَمی سٕنز دورِ حکومت چھیہٕ عیسوی ۷۶۱ - ۷۲۴ مانٛنہٕ یوان۔ اکہ زمانس منز آسی داریاہ حملہٕ آور کٲشِرِ ہندس مُلحقہٕ علاقن ترٛنویکھ جمع یٖتھٕ نٕہ سیٛہڈ۔ تِبتو اوس بلتستانس پیٹھ حملہٕ کورمُت۔ تہِنٛز راجہٕ تہٕ آسہِ زورس منز۔ اَتھ وکھ اوس للتادتیاُن یَتھ سفیر چینہٕ کِس شہنشاہس نِش سوزمُت۔ یہ "دلیل" چھیہٕ چینکرِ رِکاڈ تلہٕ نیران۔ عرب آسی اکہ زمانس منز صوبہ سندھ وٲتیمتی تہٕ افغانستانس کُن اوسکھ روخ ہیوٚتمُت کرُن۔ گویا کٲشِرِ اَندی پکھی مُلکن منز اوس نظام وِہرادنہٕ آمُت۔ یِمَن حالتن منز آسی داریاہ مُلک للتادتینِ قبضس منز اَدٕمتی۔ یِمَن منز قنوج، بدخشان، دردستان بیترِ شامل آسی۔

اَمی سٕندی بناوٕ کِتھٕ مارتنڈ مندر، پرہاس پور مندر تہٕ بیترِ یادگار کھنڈر چھِہ وُنہٕ تہٕ موجود۔

للتادتیا اوس تبت مُلکس کُن جنگ کرنہٕ درامُت تہٕ

انسکرپشن چھِنہ موجود۔ حالس چھُ حل یتھ پاٹھۍ باسان۔ پزورسین بادشاہس ما آسہ ہاں اشوک تہٕ وَنان۔ییمہ کِنۍ کلہن پنُدس بیانس اندر نزِ اشوک اِکھپڑ گرزتھ اکوے ماننہٕ چھِہ آمتی۔ تتہٕ مانوُ نزِ اشوکِ اعظم سُند سرِیکر ما آسہِ ییتہِ کُنہِ جاییہِ ہِند ناو۔ سری نگرِ شہرچھُ راز پزورسین بنوومُت اتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شکھ۔

کلہنَن یم ماخذ استعمال چھِہ کٕری متی، اگر تم آسہِ برونٛھ کُنہ آسہ ہاں واریاہ مسلہِ سیدہاں حل۔

کاہن ہنز راج ترنگنی چھِہ اٹھ ترنگ یانہ باب۔ گوڈنکین ترین ترنگن منز یمن بادشاہن ہندی ناو چھِہ یامن منُلق خبر چھیہٕ، تتہٕ چھُ واریاہ گڈبڈ۔ سٹین صاحب سُند انگریزی ترجمہ چھُ اَمِہ باپتھ ونہ ہاوُک ژورمہ ترنگہ پیٹھہٕ یم واقع کلہن چھُ درج کران تمن منز چھُ بیٚنٛمیو ماخذو پیٹھہٕ واریاہس تصدیق سپدان۔ یم واقع چھِہ کارکوٹ خاندان کین بادشاہن منُلق۔ کینژن ہندی سِکہ چھِہ لبنہ آمتی۔ اَمِہ خاندانُک گوڈنیک بادشاہ گوو دُرلبھ وردھن۔ یہنٛدِ چھِہ ہسٹری منز چھُ اُمی سُند ذکر نِہ اُمی سُند رؤسوخ اوس پیچھہ پیٹھہٕ کابُل تام۔ یہ زمانہ گوو عیسوی سَتمہِ صدی ہُند شورُوع۔ اُتھی زمانس منز چھُ چینی سیاح ہیون سانگ کشیر آمُت۔ اُمی سُندِ سیاح نامہِ چھُ ظاہر سپدان زِ کشیرِ نیبر مغرب تہٕ جونوب طرفکی علاقہ ٹیکسلا، ہزارہ، پنزُنٛٹھ، راجوِیر

ہم زن افغانستانہٕ پیٹھ آمتۍ ٲسی۔

سنگرام رانہٕ سُند زمانہٕ چھُ عیسوی ۱۰۰۳ پیٹھ ۱۰۲۸ تام۔

اَتھی زمانس منز ٲسۍ محمود غزنوی ین شُمٲلی ہِندوستانس منز ہلچل مچاومژ۔ شاہی ترلوچن پال اوس پینّدرِ پنش واقع۔ اُوندٕ ناوچ جایہ ہِندِ بادشاہ۔ محمود غزنوی سِندِ اَتھہٕ شکست کھیتھ اوس یہ رانہٕ پنجاب کین پہاڑی علاقن منز پتہٕ ریاست حاصل کرنٕچ کوشش کران۔ سنگرام رانہٕ اوس اَمِس رشتہٕ دار تہٕ کِنہِ اوس اَمہِ کینہہ فوج ترلوچن پالس مدد دِنہٕ خٲطرٕ سوزمٕژ۔ شاہی ترلوچن پال سِندِس تہٕ کٲشرِس فوجس دیُت محمود غزنوی ین جہلم ڈسٹرکٹس منز ۱۰۱۴ عیسوی آس پاس شکست۔ اَمہِ حملہٕ ستۍ سپُد کٔشیرِ ہِنز کلچرل تبدیلی ہُند آغاز۔ اَتھ زمانس منز چھِ کٔشیرِ منز کینہہ بٔڈی بٔڈی آچاریہ خانے حیاتھ ٲسی متۍ۔ میہٕ دِنہٕ یہِ ژھانڈ تہِہنزن کتابن ہِنزِ تمو ماآبہٕ اَتھ حالس مُتلق کینہہ وۄنُن مگر اَز تام آم نہٕ اَتھ اتھ مُتلق کینہہ تہٕ۔ اَتھ گیہ کٲشرِن ہِنز غفلتھ ہِنزِ کوہن پوت ژھایہٕ چھِ دوہ دوہ گژھان۔ دوٚیم گوو آچارین ہُند ساولیہ آسُن۔ کلہن چھُ بطورِ تواریخ دان وَنان زِ کٲشرٕ فوج یٔلہِ شکست کھیتھ واپس آو

تۄپارۍ چھُ اَمۍ سُند مۄتہٕ واقعہ سپدمُت۔

کارکوٹ خاندانہٕ منٛز چھُ للتادِتیا سُند نیٚچُو جیاپیڈ تہٕ فاتح مانہٕ یوان۔ پنٛڈِت صاحب چھُ راے تھوان زِ کلہن یِم فتوحاتھ تہٕ ڈٲلِہ راز جیاپیڈس مُتلق وَنہٕ چھِیہٕ تِمہٕ چھِیہٕ کاشرۍ لُکہٕ گرِ بناوِتھ یِمن منٛز بُنیاد چھِیہٕ رِوایتن پیٹھ۔ کلہن چھُ بطورِ اکھ تواریخ نوٗیس تِم ساری واقع تفصیلہٕ سان بیان کران یِموکھ کارکوٹ خاندانس زوال آو تہٕ اُتپل ناوکِس اکِس نیٚچِس سُند خاندان اَقتدارس منٛز آو۔

اُتپل خاندانک گوڈنیُک بادشاہ گوو اونتی ورمن تہٕ آخری حکمرانی دیدہٕ رانۍ، یُس حکومت چلاوُنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ صلاحیت تھاوان۔ شنکر ورمنس دِیت تہٕ امہٕ کلہٕ گنٛڈنہٕ۔ کلہن چھُ تِم ساری حالاتھ وانیٚنِ طور درج کران یِموکھ دیدہٕ رٲنۍ پننۍ اولادٕ ختم گٔرِتھ پننِس بابتھرس سنگرام راجس یُس پرونچکس رانہٕ اُدیہ راجہٕ سُند نیٚچُو اوس، کشیرِ منٛز حکومت حوالہٕ کران۔ یِہ ژۄنڈ ژھِہ بیاٹشر اوس ناو لاہور اوکنیٚ پیوٚو سنگرام راجہٕ سندِس خاندانس ناو لوہر خاندان۔ اوٚل خاندانٕ آسنہٕ پتہٕ چھُ لوہر خاندان دوم یوان تہٕ پتہٕ آو شہمیری خاندان بارسس۔ اُتپل خاندانہٕ پتہٕ دراہ کشیرِ منٛز حکومتھ کاشرین ہندو اَقتدارس منٛز تہٕ ژٕ شہمیر بادشاہن ہندین اَتھن منٛز۔

کوٚرمُت ۔ راژہ ہرشُس اوس شُکھ گومُت زِ راتی دیدا یہٕ ہندِ بوٚ
بأے ہندِ بوٚ اوٚلادِ منٛز اُچل تہٕ سُسَل          چھِ کمرانہٕ کین
ڈامرن ہندِ مدژِ سٟتۍ تمُس تختہٕ نِشہٕ برطرف ییٚژھان کرُن ۔
آخرس چھُ کلہن بجۍ ژیٚنہِ اکھ توٲریخ دان تمہِ جنگچ ذِکر کران ییٚمہِ کنہِ
راژہ ہرشن آر بییٚ دردی سان قتل کرنہٕ آو تہٕ یتھہ پأٹھۍ پییہِ لوہر خاندان
دوٚیمچ بُنیاد کٔشیرِ منٛز ۔
راژہ ہرشن پتہٕ مرنہٕ پتہٕ چھِ اُچل تہٕ سُسَل اُمی سٟتۍ
ریاست بأگراوتھ نوان ۔ کٔشیرِ ہُند بادشاہ بنیوو اُچل تہٕ پروٚنٛژھ
سُسَل ۔ اُچل اگر کینژس کالس تختس پیٹھ قأیم روٗد، سُہ گوو
فقط لوٚجہٕ سیأسی چال بأزی کنہِ ۔ تخت حأصل کرنہٕ خأطرٕ گےٚ نوٚ نوٚ
داوادار پأدٕ ۔ آخرس کوٚر اُچل پننٮ اہلِ کارو قتل ۔ سیأسی نظام اوس
لوٚت غأر مُستقل نہٕ رُڈ ناوک اکھ سأزِشی بنیوو ڈوڈس دہ ہس
بادشاہ ۔ امہِ پتہٕ بنیوو سلہن ژون ریتن بادشاہ ۔ اُمس پتہٕ بنیوو
سُسَل کٔشیرِ ہُند بادشاہ ۔ ڈامر یانہٕ جاگیرداری ہندی علم بردار
أسی کاشرِ لوٚکن ہندِ خأطرٕ اکھ مُصیبتھ ۔ پننٕ اِقتدار قأیم تھونہٕ بأپتھ
أسی یم لوکھ کانہہ تہِ حرکتھ ہیکان کٔرِتھ ۔ کلہنن چھِ امہِ ذأژ ہندی
ناکارٕ طریقہٕ مُطالہٕ کٔرِتھ اکھ ذأژ پیٹھ ناکارٕ رلے ظاہر کرمژ ۔ بادشاہ
أسی نہٕ اکھ ذأژ قوبو ہیکان کٔرِتھ ۔ پوٚتس کوٚر ڈامرو راژہ ہرشن سُند

Not correct Kalhana (7:63) Speaks only of the territory of Sahis being swarmed by vandals, not Kashir

مُسلمان ہھلیہ ژوپاری۔ اَمہِ حملہ ستی ہیدی پیر پنژال بالہٕ اَپارِ لُوکھ مُسلمان۔ ییہنے مُسلمانَن ہندِ اَولادو منٛز گوو شہیر۔ اُدسُند مسلمان خاندان پیر پنژال بالہٕ یپارِ قٲیم سپدنہٕ پتہٕ سپُد اسلام وادی اَندر تہٕ کاڈ کڈنس منٛز کامیاب۔

محموٗد غزنوی چھُ دوٚیُم حملہ کٲشیرِ اَندر اژنہٕ باپتھ کوٗرمُت۔ بیٚلہٕ سُہ پیر پنژال بالہٕ اَپارِ لوہہ مادان کِس درس نِش قلعہ لوہرکوٹس نِش ووت تیٚمن بیہٕنہٕ کرِ وجہ کیٚن بیو اُمس واپس گژھُن۔

لوہر خاندان اَوّلس منٛز وُٹھی واریاہ راژہ یِمن منٛز راژہ اننت تہٕ تیسٕنز رانۍ سوریہ متی مشہوٗر چھیہٕ۔ کلہن چھُ اَمہِ خاندان کیٚن باقے بادشاہن بابت کلَش تہٕ اُدسہٕ بن اَولادن ہنٛز سیٲسی کشمکش تفصیلہٕ سان بیان کرمٕژ۔ یہ گووُ سُہ زمانہٕ یُس کلہنس نزدیکھ چھُ۔ راژہ ہرشُن پنٛنز دلچسپ زندگی چھیہٕ بخوٗبی بیان کرِتھ۔ کلہن چھیہٕ بحیثیتہٕ اکھ تواریخ دان سیٲسی حالتو پیٹھ تہٕ نظر تراومٕژ۔ نوین نوین فاتحن ہنٛز ذکرٕ کٲشیر منٛز فوجس اَندر مسلمانَن ہُند بھرتی گژھُن بیترِ تہٕ چھُ راج ترنگنی منٛز درج۔

لوہر خاندان اَدلہٕ بیٚٹھ لوہر خاندان دوم کیٚن اکھن منٛز کیچھ کُن آیہ کٲشیرِ ہنٛز توٚمہ یہ چھُ کلہن تفصیلہٕ سان بیان

# جوٗنراج

جوٗنراج (زوٗنہٕ راز) یا فارسی اہلِ تواریخن ہُند جوٗنی پنڈت
سُنز "راج ترنگنی" یتھ دوٚیم 'راج ترنگنی' وَنان چھِ یہٕ کلہن سٕنزِ 'راج ترنگنی'
سِتۍ مُسلسل پکان۔ راجہ جے سنگھنِس زمانَس منز کوٚر کلہنَن پنٕنۍ
"راج ترنگنی" لیکھتھ ختم۔ اَمِس راجہٕ سٕندِ باقے وٕرین ہندیو حالاتو
پیٹھ سُلطان زین العابدین بڈشاہ سٕندِس دورِ حکومتس کِس درمیانس
تام چھِیہٕ جوٗنراجَن پننِس 'راج ترنگنی' بناومٕژ۔ کلہن چھُ ۱۱۴۹-۵۰ عیسوی
تام واقعات بیان کران۔ تہٕ جوٗنراج چھُ پننِس 'راج ترنگنی' لیکھان لیکھان
۱۴۰۹-۱۰ عیسوی یس منز فوت سپدان تہٕ یتھ پاٹھۍ چھِ اَمی سٕنزِ راج
ترنگنی' منز ۳۱۰ ورین ہندی حالاتھ درج۔

جوٗنراج چھُ تمہیدس اندر ونان زِ یہٕ تواریخ لیکھنہٕ
باپتھ چھُ میہ سلطان زین العابدین سُند حُکم پتری بٹہٕ ذریعہ

نیٚچو بھکشاچ راژ سُسلس خلاف کھڑا۔ اَمی ژُڈلروو سُسَل پٮ۪ھ پانٹھی بنیوو شِہن رٮ۪تن بادشاہ۔ سُسَل آو پوٚت پھیرِتھ تہٕ بنیوو دُبارٕ بادشاہ۔

راژٕ سُسَل پتہٕ قتل سپدنہٕ پتہٕ بنیوو اَمی سُند نیٚچو جے سنگھ بادشاہ۔ اَمی پتہٕ زمانس منز چھیہ کلہن پنڈِتن پننہٕ مشہوٗر و معروف "راج ترنگنی" لیکھتھ ختم کرمژ۔

کلہن چھیہ پننہٕ زمانچ تواریخ تتھ طرزِ تحریرس منز بیان کرمژ یُس طرزِ تحریر اکِس تواریخ دانس اپناوُن پزِ۔

کلہن سُند زمانہٕ چھُ کشیرِ منز خانہٕ جنگی، بغاوتھ نمکھ حرامی تہٕ بے وفائی ہُند زمانہٕ اوسمُت۔ اَمیُک اثر چھُ اَمی پتہٕ ندِس منز پیٹھ سبٹھاہ پیومُت۔ اَمی موکھ چھِ اَمی کاشرین ہندِس چال چلنس پیٹھ ناکارٕ رِمارک ترٲوِمٕتی، یم سارِی پتہٕ دُنیاہس اندر کاشرین لوٗکن برخلاف دُشمن لوٗکھ استیمال چھِ کران۔

لیکھن والین - فارسی نثرس منز یمو کاشرو لیو کھمٕت چھ، تم تہٕ واتن نہٕ
کلہنس -

جونراج سنز 'راج ترنگنی' چھیہٕ پہٕ اہمیتھ ز اتھ منز چھ تم
حالاتھ درج کرنہٕ یموٚ تلہٕ پہٕ نشان چھ ز مسلمانن سنز حکومتھ کشیر منز
قائم سپدنہٕ پتہٕ کتھ پاٹھۍ پھہلیوو اسلام کشیر منز - اتھ منز چھ
ہندو نظریہٕ، مسلمانن ہند نظریہٕ چھ مسلمان فارسی لٹریچرس منز -
کشیر منز ہندو دورس تہٕ مسلمان دورس چھیہٕ جونراج سنز 'راج ترنگنی'
داکھ دوان، یہٕ چھیہٕ اتھ بیاکھ اہمیتھ -

جونراج سندس زمانس آس پاس چھیہٕ بییہٕ بییہٕ تواریخ سنسکرت
تہٕ فارسی زبانن اندر لیکھنہٕ آمژٕ - اکس سنسکرت تواریخ دانن
سند ناو چھ امرت دت اوسمٕت، بییہٕ ملّا احمد بیترٕ یمو
فارسی زبانن منز لیو کھمٕت اوس - وننہٕ چھ یوان ز ملّا احمد
سنزٕ واقعاتِ کشیر چھنہٕ وُنہٕ کنہٕ کنہٕ جایہٕ کشیر منز دستیاب -

جونراج سنز 'راج ترنگنی' ہندک چھ زمانہٕ حالس منز نہٕ
سمبہ میلان - اتھ تھوپہٕ نہٕ بیاکھ زلوٚکھ - حالس مانو گوڈنیک چھ
سۄ ییس جونراجن بھوومٕت چھ - دوٚیم گوو سۄ ییس موغل بادشاہ
اکبر سندِ زمانس اندر مشکوک بناونہٕ چھ آمٕت یا نہٕ یاچھ کینہہٕ
شلوک اتھ منز درج کرنہٕ آمژٕ، یا بدلاونہٕ آمژٕ -

دۄیمُت۔ واریاہو پَنڈِتو منز اَمہِ کامہِ خاطرٕ جونراج مُنتخب سپدُن
چھُ اَمِہِنز اَدبی مشہوری پیٹھٕ مبنی اوسمُت۔

جونراج چھُنہٕ تاو ہیوان نہٕ کم کم ماخذ چھِ اُمِس برونٹھ
کنہٕ آسہِ مِتی یِمو منزٕ خبر گڈھ پانس۔ برونٹھ وٕتھی مِتین بادشاہن
ہنز تواریخ لیکھان چھُ۔ راژن ہنز ڈلیلہٕ موختصر آسنہٕ کِنہٕ چھِ اُمِس برونہٕ کِنہٕ
ماخذ سیٹھاہ کم آسہِ مِتی۔

جونراج چھُ وُچھنہٕ آمُت زِ سنسکرت شاعر چھُ فارسی
قصیدن ہندِس ڈٔنگس پیٹھٕ واریاہ طوالت پادٕ کران۔ مگر
جونراج ہنز راج ترنگنی منز چھُنہٕ یہ کتھ۔ اُمی چھُ ژھوچرس منز
واقع درج کرِمِتی۔ مُنزِ مُنزِ چھُ کینہہ شولوکھ اَخلاقی مضمونن پیٹھٕ
تہٕ باسان چھُ زِ تم گژھن تواریخی واقن پیٹھٕ اُمِسندی رِمارک مانہٕ یِنی۔

جونراج ہندِس زمانس اندر اوس کٔشیرِ منز مُسلمانن ہُند
تسلط وارِیاہ کھوٗتی سپدمُت ییمہٕ کِنہٕ فارسی تَرس منز لیکھنہٕ آمژٕ تواریخہٕ
کٔشیرِ وارٕنرژٕ آسہن۔ مگر کاشرِ ؤ سنسکرت راج ترنگی لیکھن والیو
موٗرخو چھُنہٕ اُمزلِہ سبق ہیوٗچھمُت زِ نظمِ کھوتہٕ چھُ نثر تواریخ
لیکھنہٕ باپتھ موزون۔ یِیلہِ بانہٕ بازی آیہِ واقہٕ تہٕ آسے پانے ژھوچرین
منز۔ کتھ آیہِ اَڈے وَننہٕ۔ اگرچہ کلہن تہٕ چھُ تواریخ ہاتن منز لیکھان
یوسہ بیان کرنچ قابلیتھ تمس چھیہ سو چھنہٕ پتہٕ لیکھنہٕ آمژن راج ترنگی "

چھُنہٕ پٕہ نظر گومُت۔

اکبرٕ سٕندِس بنأوی مٕتس فارسی ترجمس چھُ جہانگیر بادشاہن خُلاصہٕ بناونہٕ ووُمُت، یُتھٕ اِنتخاب تاریخ کشمیر چھِہ ناو تھوونہٕ چھُ آمُت۔ خُلاصہٕ کرن وألِس سٕند ناو چھُنہٕ مولوم۔ اَمی چھُ شری ور ہٕسترٕ راج ترنگنی منٛز واریاہ حصہٕ نظرِ انداز کوٚرمُت۔ اِنتخاب چھُ کشمیری خاندانکِس شمس الدّین (دوٚمس) پیٹھٕ ختم سپدان۔

جونراج چھُ ہسٹری لیکھنَس منٛز ستہِ شأیری ترٕ کران۔ طرزِ تحریر چھُس شأیرانہٕ۔ سنسکرت لٹریچرس منٛز علمِ بلاغتکی یم اوٗصوٗل چھِہ، تِم چھِہ اَمی شولوک بناونَس اندر لاگو کٔری متی۔ اَمہِ کنٛی چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ لفظس ترٕ ہوترٕ مانے آسنہٕ کنٛی تواریخی واقع ٹھیک ٹھیک اَکھِ یُن ذرا مُشکل سپدان۔ مگر بلہٕ ہِتی کِتاب چھِیہٕ واقع صاف پأٹھی بیان کران۔

تواریخی واقع بیان کرنَس مُتلق یوسہٕ ہونر کلہنس چھِیہٕ سو چھُنہٕ جونراجس نہٕ شری ورس تہٕ نٕشِکس۔ تونتہٕ بی تی یمو لیوکھمُت چھُ سُہ چھُ سٕٹھاہ نٕتہٕ روزنہٕ ہأت ویٹھٕ ویٹھٕ واقع تہٕ اَتہٕ گنڈ منٛزے۔ وارہٕ ہن واقعن پیٹھٕ چھِیہٕ لبنہٕ آمٕتیو فارسی تواریخو منٛزتہٕ روشنی ہیوان۔ ترکیبازِ یتہٕ آمٕتیو فارسی تواریخ دالتہٕ چھُنہٕ صِرف جونراج ہسترٕ راج ترنگنی یا تٕہ استعمال کٔرمٕتہٕ بلکہ تِمہٕ فارسی تواریخہٕ چھِہ جونراجس

جونراج سنز راج ترنگنی ہند دوئیم حصہ چھ اکبر بادشاہس پیش کرنہ آمُت۔ ہتی چھیہ کلہن، شری ور تہ شُک سنز نئو راج ترنگنی تہ اُمس پیش آمژ کرنہ۔ یمن سارِنی کرنوو اکبرن فارسی زبانی منز ترجمہ۔ مُترجم اوس شاہ محمد شاہ آبادی۔ اکبرس یلہِ یہ ترجمہ پیش آو کرنہ، تمہِ دوپ ترجمہ چھُ سخ۔ سہل بناونہ باپتھ دِتُن عبدالقادر بدایونہ کِس۔ یمیتھ شُک پنُن "راج ترنگنی" چھُ ختم کران تمہِ وقتہ پیٹھ تتہ وقتس تام یوتام زن اکبرن کشیر پننس قبضس اندر تھوو چھُ بیاکھ حصہ روزنامچہ طریقس پیٹھ لیکھناونہ آمُت۔ یِم ساری مُسودہ جمع کرِتھ یوپہ نوو کتاب بنیو تتھ آو "تاریخ کشیر" ناو تھونہ۔

جونراج سنز راج ترنگنی ہند سوئُے تہ شری ور سنز راج ترنگنی ہند اوڈ فارسی ترجمہ چھُ میہ نظرِ گومُت۔ اصلی کتابن تہ ترجمس مقابلہ کرِتھ چھُ ننان زِ ترجمہ چھُ غلط آمُت کرنہ۔ شاہ محمد شاہ آبادی سُند ترجمہ چھُیہ وُنیکتام اکھِ آمُت۔ بُس ترجمہ اکھِ چھُ آمُت سُ گژھِ بدایونی سُند مانُنہ یُن زنکیانہِ اُمچ فارسی زبان چھیہ سہل۔

کلہن سنز "راج ترنگنی" چھُ ہندوستانس منز بیاکھ ترجمہ فارسی زبانی منز کرنہ آمُت۔ مُترجم اوس مولانا عمادالدین۔ مینہ

اَتھ منزِ راج ترنگنی منز چھِ مضموٗن یتھ پاٹھۍ :-

سیاسی حالتھ ، ہندی راجن ہُند بے ربط آسُن تہٕ تہندٕ اِختتام ، مُسلمانن ہنز حکومتھ قائیم سپدٕنۍ ، اسلام پھہلُن ، ہندوٕ مُسلمان تالُق ، سُلطان زین العابدین ہنز مذہبی رُواداری بیترِ۔

بڈٕ بڈٕ واقہٕ یمو کشیرِ ہنزِ سیاسی ، سماجی تہٕ مذہبی زندگیہ پیٹھ اثر چھُ ترٛووُمُت چھِنہٕ اَتھ منز درج ۔ مغلو چھِ کشیرِ پیٹھ واریاہ حملہٕ کرِمٕتۍ ۔ مگر جوٗنراج چھُ صرف دون ہنز ذکر کران ۔ میر سیدعلی ہمدانی ؒ ہُند ناو چھُنہٕ ہیوان ۔ تہندِس فرزند میر سید محمد ہمدانی ؒ ہُند ناو چھُ ہیوان ۔ لل دیدِ ہُند ناو چھُنہٕ کُن نظرِ گژھان ۔ باسان چھُ زِ مُتہٕ زاۍنتھ ماچھُن نظر انداز کرِمُت ۔

راژہ جےسنگھ پتہِ دورِ حکومتک حالاتھ ۱۱۲۸ پیٹھہٕ ۱۱۴۹ تام چھِ کلھن تہٕ تِہٕنتہٕ جوٗنراجن ۱۱۰۰ تام بیان کرِمٕتۍ ۔ کشیرِ ہِندین ہِندی راژن منز راژہ چھُ جےسنگھ طاقتور راژہ باسان ۔ جوٗنراج پتہِ کرانِکل نُلہٕ چھُ نان زِ راژہ جےسنگھس پتہٕ چھِ سیاسی حالاتھ وارہٕ وارہٕ بدلان رُودِمٕتۍ تہٕ ساری راژہ چھِ کُنہِ مُصیبتس منز مُبتلا گامٕتۍ ۔ اکھ مُصیبتھ چھِ گرٛلۍ فساد تہٕ بیاکھ بیرونی حملہٕ ادسمت ۔ کاشرِ راژہ چھِ کشتواڑ بیترِ آس پاس کین علاقن منز زوٗ بچاوہٕ باپتھ ژلان رُودِمٕتۍ ۔

ہمعصر مُسلمان توارِیخ دانو لیچھمُت آسہٕ تہٕ یِمہٕ پتھ کالہٕ مۆیِر آسہٕ۔
امہٕ کِنۍ چھُ جونراج پنٕنِس بیانس عوٗموٗمن تصدیق سپدان۔
ہسٹری لیکھنہٕ وِزِ گژھہِ پتہٕ برونٛٹھ واقعن واٹھ لگُن۔ تہٕ
چھُ جونراج پنٕنہِ 'راج ترنگنی' منٛز کیٛہن نظرِ گژھان' ٹکیازٕ پریتھ
بادشاہس پیٹھ چھیٚ ٹکہٕ ژٕنگ کینہٕ کتھہٕ وَنہٕ آمژٕ۔ اَتہِ چھُنہٕ واقعن
ہُند مُفصل بیان۔ بڈٕ بڈٕ واقع چھِ اَکس اَکس شۆلوکس
اندر وَنہٕ آمتۍ۔ امہٕ کِنۍ چھیٚ جونراج پنٕنہٕ 'راج ترنگنی' کرانکل۔
اَز چھُ بادشاہ وقت سلطان زین العابدین پنٕنِس، تمِکس پیٹھ لیوٗکھمت
تمہِ کِنۍ گیہِ اَمی سٕنٛز 'راج ترنگنی' کرانکل۔
جونراج چھُ سمارت برہمن۔ یہ گوو شُر برہمن یُس پوٗزا پاٹھ
کرنُک تہٕ زیچھر شروٗتر وُچھنک سیٹھاہ خیال آسہٕ۔ اُمس ہنٛز چھُ
کاسٹ یاہٕ ذات تہٕ مذہب اَکی چیز کِنۍ نہٕ ناو۔ غار برہمن ہیندوٗ
زاژن ہند چھُنہٕ اُمس خیال رۆزمُت۔ بودھن ہُند اوس بوٗڈ فرقہٕ
کشیرِ منٛز تمہٕ کیاہ بنیوو جونراجن چھیٚ اَتھ مُتلق رٕھوپہٕ اختیار کرمُژ۔
جونراج نہٕ 'راج ترنگنی' منٛز چھِ کینہٕ ناو تِم یِم ہیندوٗ یا بودھ ناو چھِ مگر
چھِ یِم اکثر مُسلم۔
جونراج سٕنٛز 'راج ترنگنی' منٛز چھیٚ کُل ترٕہوٕمن حُکمرانن ہنٛز ذکرٕ
یمن منٛز تروٗوہ ہیندوٗ تہٕ ژوٗ مُسلمان چھِ۔

راژِ سوٗمہہ دیو اوس بیٚنِس باپیٚ، راژِ بہہ دیو ہِندیو قاتلو نکنس بیٚہنووُمت۔ جوٗنراج چھُ راژِ سوٗمہہ دیو سِندِ زمانہٕ پیٹھ واقاتھ ذرا مُفصل بیان کران۔ ہتہ بدلو ژٕر دیو پیٹھ یُس بیول وار کٔشیرِ منز اوسمُت چھُ تمہ کرٕ نتیجک آغاز ہیوتُن راژِ سوٗمہہ دیو سندِ زمانہٕ پیٹھ ظاہر سپدُن۔

اَتھ زمانَس منز چھُ مُسلمانن ہُند ستار ہیٚندوستانس منز بُلند اوسمُت۔ وارِ وارِ آسی کٔشیرِ اَندرِ کیچھ لوکھ واریاہ کالہٕ پیٹھ مُسلمان ہیٚتھ متی بنی۔ اَندرِ وادی منز تہٕ آسی مُسلمان مُتحد سپدی متی۔ یم مُسلمان کیٚتھ پاٹھی آسی جمع سپدی متی، یمہ کتھ چھیٚنہ جوٗنراج سندِ "راج ترنگنی" منز درج۔ اَتھ متلق چھِ کیٚنہ اِشارہ کلہن سندِ "راج ترنگنی" منز تہٕ وسطی ایشیاکیو فارسی تواریخو منزٕ میلان۔ یِمن ذٕلیلن وِرٛتھنے کرٕنٛی چھیٚنہ یِمہ کتابہ ہُند غرض، بلکہ جوٗنراجنی متلق بچھٕ شیٚتہ تواریخ دانن روشنی ترٛاوٕنی۔

جوٗنراج سنز تٔرِ چھُ نَنان زِ راژِ سوٗمہہ دیو سندِس زمانَس منز چھِ کٔشیرِ اَندر تیٚتھی غدار کاشرِ تُرِ متی۔ یِمو پیٚنٛنہ مُہم چلاوِتھ کاشرین لوکن ہنزِ سیاسی، سماجی تہٕ مذہبی زندگیہ منز موڈ چھُ اوٚنمُت۔ یم ترٛیٚیہ گے منقول ذٕلیو لدا گی رٔچھن تہٕ کھٔش تشاہیر۔

راژہ جے سنگھس پتہ آے ہم راژہ ۔
پرمانو، وَنتہ دیو، ووپ دیو، جنہتہ، جگدیو، راج دیو،
سنگرام دیو، رام دیو ۔
جونراج سِہ وَنیہ مُطابق اوسہ راژہ رام دیوس اولاد ہے ۔ اَمی
اوس لکھمن اَکھ بڈ کوٹ منگتہ روٗژمُت یُس حوکومتھ کرنس
نااہل اوس ۔ یتھ پاٹھی بنیوو برہمن لڑکہ بادشاہ ۔ یہ پرٛتھ چھُ جونراج
سِندی فارسی تُرجمن پیٹھ وونمُت ۔

برہمنان کیستان گدایان

اکبر سِندِ کشیرِ یتہ برونہہ اَس بٹن ہنز اِقتصادی حالتھ
بڈھ خراب ۔ بٹن رفاقت کرن والین منز چھِ یم بادشاہ مشہور ۔
سُلطان زین العابدین، عین شاہ تُرک، موغل بادشاہ
اکبر، راژہ سُکھ جیون کل، مہاراجہ گلاب سنگھ تہ یتھ زمانس منز
کاشرِ مُسلمان لیڈر ۔
راژہ لکھمن سِندِس زمانس منز اوس اَکھ زور آور حملہ
منغولو کشیرِ پیٹھ کورمُت ۔ منغول جرنیل اوس سرکک، کلی کھجلک
تہ بیدو ۔ یمو منز چھُ جونراج کھجلک سُند ناو ہیوان ۔
راژہ لکھمن دیوس پتہ آو راژہ سہہ دیو تہ اَمس پتہ
راژہ سوہہ دیو ۔

خاطرٕ اَتھٕ رۆٹ کرِتھ بجایہ کوٚر برہمنو بھوٗک ہڑتال ۔ ڈِوان کمیونٹی
چھِنا ۔ یہ اُس سراسر غلطی ۔ مگر جوٗنراج چھُ برہمنَن ٹیکس
لگاوِتھ کِس مالس پیٹھ راجہٕ سومہ دیوَس بدذاتھ وَنان ۔ اَمہ
رِمارکہ کِنۍ چھُ جوٗنراج پننہِ نافہمی ہُند ثبوت دِوان ۔ اُمس چھِنہٕ
سہ قوٗتِ باصرٕ یُس کلہنَس چھُ اوسمُت ۔

اَتھ دورانس منز اوس بوٚڈ راجو لداخس منز پانہٕ واٚلۍ
قتل غارتھ شروٗع کوٚرمُت ۔ یمو منز اوس اکھ شخص رِنچن
لداخہ ژٕلِتھ کشیرِ پناہ ہیتھ آمُت ۔ رِنچن اوس لداخہ کِین راجن
ہُند اُستاد ۔ مذہبن اوس بُدھ متُک پاروکار ۔ رِنچن سُند
لاروادی منز ظاہر ۔ جوٗنراج چھُ وَنان زِ رِنچن سُند اَتہِ ظاہر
سپدُن کوٚر راجہٕ سومہ دیوَن اَو موکھ برداش زِ لبیازِ لارکِس جاگیردار
یا ڈامر رام چندرس یتھ اوس اُمِس جنسد
یم تریہ غار کاشُری گے راجہٕ سومہ دیو ہندِس زمانس
منز کشیرِ منز ظاہر ۔ اکھ گوو منگول ذُلچو یمیس سبھاہ فوجی طاقتھ
ستۍ اوس، دوٚیم گوو رِنچن یمیس بوٚٹن ہُند موٚولی تعداد
ستۍ آسہے، تریم گوو شاہمیر یُس نوکری کران
چھُ اوسمُت ۔

کاشرو آسی درَن پیٹھ پل جمع کرِتھ وَتہ بند کرِمژٕ

عیسوی ۱۳۱۳ منز چھُ شہمیر کٔشیرِ یوان۔

اُدپَندی ابتدأیی حالاتھ چھِنہٕ جوٗنراج دٔرج کران۔ شاہمیرس چھیہ کیاہ تام اہمیتھ اُمیہِ کِنہٕ یمہٕ کِنہٕ بادشاہ وقت سوٗہہ دیو چھُ اُمِس بَنِہ جاے تہٕ جاگیر چھُ دِوان۔ بہارستان شاہی تَلہٕ چھُ نان زِ یہ جاے چھیہ ورٕل ڈسٹرکٹس اندر ــــــ یوٗہے شاہمیر چھُ راز سوٗہہ دیو سُند مُلازم اوسمُت۔ یوٗہے گوٚو پَتہٕ بروٚنٹھکُن کٔشیرِ ہُند بادشاہ بنیوو تہٕ پتہٕ پأٹھو بیٚیہِ کٔشیرِ منز شہمیری خاندانُک بُنیاد۔

دوٚیِم غأر کأشُر یُس راز سوٗہہ دیو سِندِس زمانس منز کٔشیرِ آو سُہ گوٚو حملہ اور منگول ڈُلچو۔ یہ اوس منگول سردار یُس ۱۳۲۰ عیسوی رادل پینچہٕ طرفہٕ ورٕلہِ طرفہٕ کٔشیرِ حملہ کوٚر۔ یہ خبر اُمِس کٔشیرِ بروٚنہہ واتِتھ زِ منگول کران کٔشیرِ پیٹھ حملہ۔ راجہ سوٗہہ دیون لوگ سارِنی فرقن ٹیکس تاکہِ باج جمع کٔرِتھ یِیہ حملہ آورس ادا کرنہٕ یُتھ سُہ کٔشیرِ اندر اژنہٕ بغیر باز روزِ۔ یہ بلایہ دوٗر کرنہٕ

ژوواپٲری سپٕز وٲرٲنی۔

اَکھ تٕلوٗطٕس منز چھ رٕنچینَن تہٕ کٲشرٕن ظُلم کورٕمت۔ اُمی تہٕ چھ کٲشرِ لوٗکھ غولامی منز بوٗن گٔمٕتی۔ کٲشرٕن گٔمٕر پھیٖراوٕن وول اوس ڈٔلچہ۔ رٕنچنٕن سنز گٔیہ پنٕہ نٕفیہ۔ شاہمیر چھٕہ اَکھ دوران سرگرم اوسمُت۔

کٔشیر چھیٖہ اَکھ لوکٕٹ مُلُک۔ منگولن ہندِ بادشاہ اوسیہ یِہ کٔسن لایق جاے۔ کینژن رِتٕن روٗزٕتھ دراے تہٕ تم بیٚیر تہٕ تٔری یِم کٔشیرِ اندر اکھ سار یانہ پرونٕتہ چرانٕہ ویر، نوشہرٕ پیٹھ گٔجرٕ لوٗکھ مار کرِنہٕ۔

ماٗدان خالی وُچھتھ سٕپُد رٕنچن سرگرم۔ لاہرکی ڈامرٕ رام چندرٕن کرٕس برخلافی۔ رام چند سپُد رٕنچنس اَکھ قتل تہٕ اُمی سنز کور کوٹہ راڑی آیہ اُمس اَتھٕ۔ پوٗتس چھیٖیہ کوٹہ راڑی رٕنچنس ستی نیتھر کران۔ جونراج چھہ اَتھ پیٹھ روشنی ترآوان زِ امہ کورِ کٔتھ پأٹھی کوٗر ماٗدٕ ہندس قاتلس ستی نیتھر۔

اَکھ موقس پیٹھ اوس رازٕ سوٗمہ دیو واپس سری نگر آمُت۔ رٕنچنس نشہ خوف زٕ سپد تھ ژٔل بیٚیہ۔ جونراج چھ ونان زِ سُہ کٔتہ پھیٖیہ یٕمس برہمن شاکھ دِن۔

فارسی توارٖیکھو پیٹھ چھ نٔنان زِ رام چند ما آسیہ پانہ بادشاہ

پِہ کتھ چھیہ البیرونی یَس تام خبر اَسہٕ۔ ڈُلچوٗن کھولہِ پمپہ وَتہٕ تہٕ
یِتھٕ پاٹھی ژاو وادی منز۔ جوٗنراج چھُ وَنان زِ کاشرِ لوٗکھ گٔیے
تارس اندر مہین ہندی پاٹھی فناہ۔ اَتھ واقعس پیٹھ چھ جوٗنراجنہِ
کِتابہِ ہِندین کیتژن نوسخن اَندر کینہہ شلوک زیادٕ درج۔ یِمن
منز وَننہٕ چھُ آمُت زِ ڈُلچوٚ بیوٚو تِتھٕ پاٹھی کاشرین لوکن پیٹھ
یتھٕ پاٹھی سِہہ ہانگلن یا پأژ جاناوارن پیٹھ پیوان چھُ۔ خوف زدٕ
سپدتھ ژٔلی لوکھ کوہہ گوہن منز مگر اُتی آیہ وٕنی فساد کرنہٕ۔ راجہ سوہہ
دیو ژول راتہٕ منگلہ ہندی پاٹھی۔ اَتیتھ چھُ شلوک بناوَن وول
فارتھ وَنان زِ راجس سپُد یہِ حال برہمَن ہندِ شاپہٕ ستۍ۔ منگولو کنۍ
لوکھ گرٕلو بدلہٕ۔ کالہ باقی اُڈجَر اَندر ڈالہو رژ تارِتھ کرِتھ لوکھ
بند یمِنٕ ژلن۔ یِتھٕ پاٹھی بیوٚز چھُ گگرس گِندنہٕ خاطرٕ ژنگیے
تراوان تہٕ گژھے اَرٹان، تِتھَے پاٹھی اُسی منگول قیدین منٛزی یلہٕ
کران گاسہِ بیتر سارنہٕ بایچھر۔ لوزی تو ووڈی راجہٕ سوہہ دیوس
بَرخلاف تلوک ہرتال کرن وانین برہمَن کیاہ حال سپُد۔
اکھ کھیوکھ علیچھن ہتار ژھیوٹ، تہٕ بییہ گٔیے فناہ۔

منگولن ہُند حملہ کوتاہ شدید اوس آسان یِہ ہیکو اَسی
سنٹرل ایشیاہ رِکاڑن منز ڈُچھتھ زِ چنگیز خانٕنۍ اولاد کم
گٔیے کشیر سپز آبادی کم، زراعت تہٕ کاروبار گو ختم، گویا

ییمہِ سِتۍ سنہ ۱۳۴۴ عیسوی فوت سپُد۔ مرنہٕ برونٛہہ اُس اُمی
کوٹہٕ رانؠ پننِس نیچوِس حیدر شاہمیرس حوالہٕ کرِمُت۔

جونراج چھُ دوِد تم داوہٕ بیان کران، یمو کنی آخرکار شاہمیر
پانہٕ کشیرِ ہند بادشاہ بننس منز کامیاب سپُد۔

حیدر نابالیغ آسنہٕ کنی بیہہ نووہٕ یہ شاہمیرن تختس۔ پانہٕ بادشاہ
بننس اوس نہٕ طاقتھ۔ کاشرِ منز لاوے ٹرایب اوس
سوُمہٕ دیو سندِس بأیس اُدھیان دیو سند طرفدار بنیومُت۔
امہِ کنی اوس اُمی ٹرایبن یہ شخص اُنہٕ نومُت۔ شاہمیرس اوس نہٕ
امہِ وِزِ یوت طاقتھ زِ اُمس رُکاوِ ہے۔ یِہاُ کوٹہٕ شاہمیرن انتظام
زِ کوٹہٕ رانؠ تہٕ اُدھیان دیو دونوے بیہن یکجا تختس پیٹھ تختک
وارث اوس حیدر۔

یتھ لوکچہِ کتابہِ منز امہِ زمانچ تواریخ لیکھُن چھُنہٕ میون
غرض، بلکہ یہ ہاوُن زِ جونراج کیتھہٕ پأٹھۍ چھُ شاہمیر سنزِ تمہِ کوشِشہٕ
بیان کران یمو کنی سُہ آخرس بادشاہ بنیوو۔

یہ وُچھتھ زِ رانؠ اُدھیان دیون بنأوی شاہمیر سندی
زٕ نیچوٕ جمشیر تہٕ علی شیر کمرازس تہٕ مرازس گورنر ہکُر لاوے
ٹرایبن بقاوتھ ۔ یتھے کوٹہٕ رانؠ ہندی بأے سندی لڑکن
بیٛمس ایچِل ناو اوس حملہٕ۔ رانؠ اُدھیان دیو زوٗل تتہِ نِد

بٔنِن یِژھان۔ باقے ڈامرن آسہٕ نہٕ پسند آمٕت۔ تِمے آسن
رنچنس ستی میلتھ گٲمتی۔ تہٕ چھُنہٕ امکان زِ اکھ زٕ خانہٕ بدوش بنہٕ
ہمہٕ ہمتس پیٹھ بادشاہ۔ راژ سومہ دیو موٗد نیٚبر کتہٕ نام۔ اُمی ہندس
مرنس پیٹھ گیہِ برہمن سیٹھاہ خوش۔

جونراج ہندِ وننہٕ مطابق چھُ رنچنن شیومنگ پارٕو کارِ یژھان
اوسمُت بنُن۔ مگر برہمن دیو سوامی چھُس انکار کران۔ یکبارِ
رنچن اوس بوٗزتھ۔ برہمنن ہُند یُتھے برتاو وُچھتھ چھُ بروٚنٹھ
کُن لل دیدِ وونمُت۔

پٔرتھ پٔتھ بوٗزتھ برہمن ژھیٹن
آگر کھٹس تہندی وید ستی
یِنہٕ ہیٚچھ سُن نٔتھ نُون مٹن
موہت سُن گرتھکھ اہنکاری

برہمنس چھُ پوٗتھ لیکھتھ زِ انہا چھُنہٕ ژھیٹان۔ مگر یمن چھیہ
لنگرس پیٹھ نظر۔ رنچن ہندس اسلام قبوٗل کرنس مُتعلق چھُ بہارستان
شاہی، تاریخ نارائن کول کشیرس منز پوٗرہ وضاحت کرنہٕ آمٕژ۔
رنچن بیوٗو یِنہٕ مرضیہ مُسلمان۔ ناو آس تھوونہٕ صدرالدین۔
اُمہ ناوچ چھُ ظاہر سپدان زِ کشیرِ منز سپُد مسلمانن ہند وور حکومت شُروع۔
رنچن اوس پنٕنِس پہرے لیداخیو حملہ کرتھ زخمی کورمُت،

قوتلول۔ اندرکوٹ قلہٕ قبضس منز اَنِتھ پتہٕ آیہٕ کوٹہٕ رانی شاہمیر سٕندِس

قبضس منز۔ سو آیہٕ تختہٕ پٮ۪ٹھٕ ۱۳۳۹ عیسوی منز برطرف کرنہٕ۔

کوٹہٕ رانہٕ اُسی نہٕ نیچوی۔ حیدر سُلطان رنچنس سٕندِ نسلہٕ،

جٹ اُدھیان دیو سٕندِ نسلہٕ۔ جونراج چھُ وَنان زِ یم دونوٕے

گٔژی شاہمیرن قادٕ۔ یمن دون لٔڑکن تہٕ کوٹہٕ رانہٕ کِتھ پأٹھۍ سپُد

موتھ واقعہٕ اتھ مُتلق چھیہٕ جونراجن زٕھو یہٕ اختیار کرمٕژ۔

اَمہٕ پتہٕ کوٚر شاہمیرن بادشاہ بننُک اعلان۔ لقب تھووُن

شمس الدّین۔ یہٕ گوو شمس الدین (اول)

دُلچہٕ سٕندِ حملہٕ پتہٕ شاہمیر سٕندِس بادشاہ بننس نام چھُ تمہٕ

تبدیلی ہند آخری مرحلہٕ یتھ منز کشیرِ پیٹھ ہیٚندین ہنز حکومتھ ختم

سپدِتھ مسلمان برسرِ اقتدار آے۔

## شہمیری خاندان

:- ۱۳۳۹ عیسوی یس منز تختس بیہنہٕ پتہٕ سپُد شمس الدین ۱۳۴۲ء فوت۔ جمشیر تہٕ علی شیر یمن دون بادشاہن

پتہٕ بنیوو سلطان شہاب الدین ۱۳۰۰–۷۳ء منز بادشاہ۔ جونراج

یم تٕہ فتوحات اَمس سٕتہٕ منسوب چھِہ کران، تِمہٕ چھِ مُبالغہٕ تہٕ

فارسی تواریخن منز چھِ یہٕ مبالغہٕ زیادٕے پہن۔ ساداتو منز چھِ کینہہ

سلطان شہاب الدین سٕندِ وقتہٕ کشیرِ منز داخل سپدی متی۔

بچاوِنہٕ - اُدٕ پتہٕ نِمارحاضِری منز بیٚہتھو کوٹہ رانہٕ اکھ بوڈ تختس پیٚمِس کھیٚ بٕریٚچھ ناو اوسُن - باقیٚ چھُ جونراج سیٚٹھاہ ٹُکھ وَنان - اَتھ چھینہٕ وۄنۍمت ز یِمَن دۄن دَرمیان کُم تانُق چھُ آسمُت - اَتھ دوران اوس کاشُر پُو شاہمیر مُحافِظ مومُت - اَچھِل سُندٕ خطرٕ دُور گژھنَس پتہٕ آو اُدھیانَن دیُو کشیٖرِ واپس - کوٹہ رانہٕ موُن پَتہٕ پیٚٹھ خاندٕ بیٚیکھ دۄہَن منز کرُد شاہمیرن ڈامرن سٕتۍ رِشتہٕ - اَڈٕ بَن دِژن کورٕ ، اَڈٕ بَن بٔتِرَن - جونراج چھُ پتہٕ اَجَے گٕتھ وَنان - وَتہٕ ہیٚ زٕ یم بَنیاہ مُسلمان کیتھہٕ - مانُن پتہٕ یم آسن مُسلمان پیٚمتۍ - بیاکھ کتھ چھیہٕ زِ گوڈٕ گوڈٕ چھُ فوجی طبقن ہندۍ لوکھ یمَن راجپوت وَنَو مُسلمان بنیمتۍ - واریہٕ وارٕ اُکی شاہمیرن بانیُو ڈامر قوبُوس منز نہٕ کُرتھٕ بناوتھ - آخرس ووُد اُدھیانہٕ دیُوس صِرف سری نگر شہرُک منز - لاوِسے فرزی کرہ مدد سٕتۍ پیٚٹھ کوٹہ رانۍ پانہٕ تختس - اَتھ دورانس منز کرٕ شاہمیرن زِ لُوکھ قتل یم کوٹہ رانہٕ ہندۍ مددگار اَسی - کوٹہ رانہٕ ہندۍ منتر اَکی اندرۍ شاہمیرس سٕتۍ سازِش کران - فوجی کمانڈرن کُر کوٹہ رانۍ قاد - بیٚیہ اَکی منترن اَڈٕ بہ زہل کرِتھ جیلہٕ منز گنڈِتھ - یمَن حالتَن منز روُدٕ نہٕ کوٹہ رانہٕ دِکانی تودٕ زن برابر - سری نگر تراوِتھ دراہ بہ سُتیل اندر کوٹ کُن - شاہمیرن کوز پتہٕ کنہ سرینگر شہرس قبضہٕ - امہٕ ورٕ کر سارِنے ڈامرو شاہمیر پتہٕ سرداری

۱۴۱۳ عیسوی فوت سپدنہ برونٹھ بیہنوو سکندرن میرخان ییمس تواریخن منز عالی شاہ یا علی شاہ لقب اوس تختس ۔فساد گژھ ییہہ تانز پیّانام سہہ بھٹ پرایم منسٹر بنیوو ۔ یہ برہمن اوس نومسلم مگر بکہ نہ سخ ہمتھ ۔ اَمی ییتی تم نومسلم کرنی یم اَمس بُتھ یوان آسی ۔ یتھ پانٹھی کُر سہہ بھٹن برہمن ستی واریاہ سختی ، یم واقعہ تواریخن منز مشہور چھ ۔ سہہ بُٹنہ مرنہ پتہ سپدی عالی شاہ نہ خاطر عالاتھ ییہ ناموافق ۔ اکبر عالاتھ ناموافقت یاد کرن والین منز چھ شاہی خان تہ اوسمت ییمس بدونٹھ کُن بڈشاہ ناو پیوو ۔ شاہی خانس زین الدین لقب دِتھ اڈراو عالی شاہ حج کرنہ ۔ مدر یانہ جوم وانتھ پھیر عالی شاہ اَتکی رازن وایس ۔ اَمس رازہ پنز کوژ اَس عالی شاہس باگہ آمژ ۔ رازہ مدر ہند حملہ کنی پیوو زین العابدینس کشیر ژلن نہ گوو جرتھ کھوکھرس نشی ۔ جنگ سپد کشیرہ نبر ۔ قاد سپدتھ سپد عالی شاہ بسر تھونہ اتھ مار ۔ زین العابدین بنیوو دویمہ لٹہ ۱۴۲۰ عیسوی یس منز بادشاہ ۔

سلطان زین العابدین اوس پننس ماّلس برعکس بلکل الگ طبیعتھ ہُکوان ۔ مسلمان اوس پکہ مگر رحم دل ۔

سنہ ۱۳۷۳ عیسوی منز ہیوٗتھ اَوسُنہٕ جانشین قطب الدین تخت پیٹھ۔ اَمس
لوکُٹ بوے اوس۔ فارسی تواریخو تُلہِ چھُ نَنان زِ میر سید علی ہمدانی
چھِہ سُلطان قطب الدین سندِس زمانس منز کشیر آمتی۔ اَتھ مُتعلق
چھُنہٕ یوٗزاج رکھیس تہٕ وَنان۔ سنہ ۱۳۸۹ عیسوی بنیوو سلطان قطب
الدینُن نیچُو سکندر بادشاہ۔ بادشاہ بننہٕ وِزِ اوس سکندر نابالغ۔
اَوسنہٕ نابالغی منز چھُ نوشہنو پانہٕ واکٕ ماوِہ مار تہٕ فساد کری منتی،
یمن منز سکندر سُند بوے زہر دِتھ مارنہٕ چھُ آمُت۔ یوٗنراجِ چھِہ
پانہٕ وَنان زِ سُلطان سِکندرس چھُ نماشی اوسُمت حیہ تہٕ ماکرن قتل۔
ییمہِ اَکھ سنسکرت ماخذ تُلہِ چھُ نَنان زِ سِکندرس چھِہ زہر تہٕ نار دِتھ
مارنچ کوشش کرنہٕ آمژ۔ بالغ بننس پتہٕ ستی سپُد سُہ تمام فِتنہٕ
ختم کرنس منز کامیاب۔ اتھی وقتس دوران چھِہ کشیر منز ییہ تہٕ واریاہ مُبلغ
داخل سپدی متی۔ ہم لوکھ اَسی غار کاشُری۔ ناراض بادشاہ سِکندر، غار مُلکی
مُبلغ تہٕ پہہ بھٹ بیتر نو مُسلم چھِہ بکجا سپدی متی، ییمو کرِ کاشرین لوکن
مذہبی ماطن مُتعلق تکلیف دِنہٕ آی۔ سِکندرس چھُ اَکھ اوبروے
یُس بہ بختنیہٕ اکھ کاشُر دِنہٕ۔ سُہ گوو ہیہ زِ بہ چھیہٕ سُلطان سِکندر
ہنز حِکمت عملی زِ امیر تیمور سُند حملہ سپدنہٕ کشیر پیٹھ۔ سِکندرن
چھیہٕ پنے سادالو چپسندِ مدتہٕ ستی امیر تیمور
سند حملہ نشہ کشیر بچاومژ۔ اتھ مُتعلق چھُنہٕ یوٗنراج رکھیس وَنان۔

# شری ور

شری ور چھُ پننہِ تواریخہِ ہندِس تمہیدس اندر وَنان زِ یہ چھُس تواریخ
یکھ تمن راجن ہنز ڈیلہ پوٚر کران یِہنز ذکر میاٗنۍ گورن (جوٗنراجن)
"راج ترنگنی" منز کوٚرمُت چھُیہ۔ تکیازِ تِمہِ تام وٲتہِ کِنہِ چھپتہِ
ـــــشری ورنہِ
میاٗنۍ گورن کینہہ کتھہ وَنہِ مژٕ، تِمہ وَنہِ یہ۔
راج ترنگنی اندر چھیہ واریاہ کتھہ یِمہ جوٗنراج ہنزِ راج ترنگنی منز گژھہ
آسنہِ ہِکہ گژھتۍ کِہ چھیٚنہ کینہہ۔ شری ورن چھیہ پننہِ "راج ترنگنی" سلطان
زین العابدینس کُن نامزد کوٚرمُت، توے چھُنس "زین راج ترنگنی"
ناو تھوومُت۔ "زین راج ترنگنی" منز بیان کوٚرمُت آخری واقعہ چھُہ
۱۴۸۶ عیسوی ـــــ بیٚیہ فتح شاہ گوڈنیکہ محمد شاہس تختہ پیٹھہ وٲلتھ
بادشاہ بنیوو۔ "زین راج ترنگنی" چھیہ ـــــ عیسوی ۱۴۰۹ پیٹھہ
شوروع سپدان یێلہ جوٗنراج فوت سپُد۔ لہذا چھیہ کُل ستوومن
وریین ہنز خبر "زین راج ترنگنی" اندر درج۔

اَوٚدِ، سارٕے رعیتَن مذہبی آزادی۔ ہٕندِن
گوٚرٕن جزیہٕ کَم۔ اَنٛگلاقبانَس پٔٹھ دیُت اَمی بادشاہن سیٹھاہ زور۔ ہِم
برہمن کٔشیرِ نبر ژٕلِمتؠ آسی تِم اَنٕناوِن واپَس۔ بٕہند باپتھ آدرٕنی
ہُند تہٕ اِنتظام کرنہٕ۔ مندرن کرٕنووُن مرمتھ۔ سارِنٕے فِرقن کوٚر اَمی
پرٛوٚرِش۔ پأداوارس منز سپُد کأفی ہُرٕر۔

شاہس اتریمس منز سُلطان حسن شاہس، تہٕ ژوٗرمس منز سلطان
محمد شاہس تُغلق۔ گوڈنکس ترٕنگس چھہٕ ستھ SUB-SECTIONS

گوڈنکس ترٕگس منز چھُہ شری ور سُلطان سِکندر بن بُڈشن
نژکن میر خانن تہٕ شاہی خانس درمیان پھوٗٹ پیوٗن بیان کران۔
پیمٕکنہ زن شاہی خزانہٕ خالی سپُد۔ سلطان زینُ العابدینن تُلُو
کینہہ قدم یموٚ کنہٕ حکومتُک انتظام بیہتر سپُد۔ تہٕ اُمہ پتہٕ مشہوٗری
پھٹلیہٕ بنگال، مالوہ، کرناٹک بیترِ مُلکن تام۔ بادشاہس اوس
صفت زِ یُس کانہہ شخص کُنہہ تہٕ مادانس منز قابلیتھ ہاوِہ تَس
اُس حوصلہ افزائی کرنہٕ یوان۔ تِژوٗر بنٲوِک زینُ العابدینن کامہ کارس
اندر پیشہ ور۔
زینُ العابدین سٕندِس زمانس اندر چھُہ کمراہ زک ٹرابین
کلہٕ ہیوٗ تمت کرٕنی۔ بادشاہن کٔرِک یہندی جاگیر ضبط تہٕ بساوِن
مرازہٕ۔ سُلطان عالی شاہ سٕندی طرفدار چھہٕ منزٕ منزٕ کلہٕ
تُلان روٗدی متہٕ۔ سُلطان روٗد یمن دباونس منز کامیاب۔
حکومتہ چلاونس منز اوس زینُ العابدینس پننُ بوے محمد خان
سیٹھاہ رہبری کران۔
آدم خان، حاجی خان تہٕ بہرام خان ترٕیہ نیچو کٔری زینُ العابدینن

شری ورٕ تہٕ چھُ جونراجنیٖ پاٹھۍ ـــــــ وَنان چھُ زِ

اکھ چھُس بہٕ بادشاہَن ہنٛز تواریخ لیکھنہٕ پرٛتھان ، ییٚنہٕ چھُس
بہٕ سلطان زینُ العابدین ہنٛز میٚہربٲنی نِکھ والنہٕ پرٛتھان تکیازِ اُمی
بادشاہَن چھُس بہٕ پننِس اولادٕ ہنٛدی پاٹھۍ رٔچھمُت ، ہنٛز ذٲتی دولتھ
دِتھ بے انتہا میٚہربٲنی سٕتۍ نوازمُت ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ آسمانس ہیٚکہٕ نہٕ
کانہہ تارکھ گنٛزرِتھ تِتھے پاٹھۍ ہیٚکہٕ نہٕ میٲنۍ زبان بادشاہ سٕنٛدی
صِفتھ گنٛزرِتھ ۔ جونراج چھُ وَنان زِ سُلطان زینُ العابدین ہنٛدِس
طبیعتس منٛز چھِ نرمی تہٕ گرمی دونوٕے جُزو ۔ مگر اُمی ہنٛدِس
بیانس منٛز چھُ گوڈنِکُے بوٚنٛٹ ہاہلو، تِتھے پاٹھۍ چھُ شری ورٕ سٕنٛدِس
بیانس منٛز تہٕ ۔

شری ورٕ چھُ وَنان زِ "زینہٕ راج ترنگنی" چھیٚہ واراگ تلان۔
میانہٕ نظرِ موٚدُک داریاہ بادشاہ بَموٗ شان وشوکت وُچھ یا مُصیبتس منٛز
مُبتلا سپدِی ۔

"زینہٕ راج ترنگنی' تہٕ چھیٚہ مغل بادشاہ اکبرن فارسی زبٲنۍ
منٛز پھِرناوِمٕژ ۔ اَکھ پیٚٹھہٕ تہٕ گژھِ ہن تِمے رِمارک لاگو کرنہٕ ییٚم
جونراج سٕنٛدِس ترجمس مُتعلق ترادنہٕ چھیٚہ آمٕتۍ ۔
"زینہٕ راج ترنگنی' چھِہ ژوٚر ترنگ یا باب ۔ گوڈنِکس ترنگس
منٛز چھِ سُلطان زینُ العابدینٕنۍ مُتعلق واقعات دوٚیمِس منٛز سُلطان حیدر

زٔمَن اِقدامن ہنز تہٕ ذِکر کران، یم سُلطان شہرٕ بنٛد بیترِ بناوُتھ پادادارس منز ہُریر کرنہٕ خاطرٕ ٹکُ۔

اَتھ زمانس منز کٔر شہزادہٕ آدم خانن بغاوتھ مگر سو آیہٕ دبلاونہٕ اَتھی ستہٕ آو دوٚیُم شہزادہٕ حاجی خان بارسس۔

بادشاہ اوس مأتن منزٕ کٔن ستہٕ شرکتھ کران، بھنڈار کران، ڈراما وُچھان، جلسن پیٹھ شراب چوان۔ وۄنہِ باپتہٕ دہہ زوال وُچھان۔

خُراسان بیترِ مُلکو پیٹھ آیہٕ بڑی بڑی گیوٚن وألۍ کشیرِ خوبصورتھ محل تٔمۍ بناوِتھ۔ تٔمۍ پادادار بڑاونہٕ باپتھ آیہٕ حلیاد کول کھنہٕ۔ یہ سأرے تفصیل چھیہٕ شہری وترزٕ تواریخہٕ منز میلان۔

زین العابدین سنزٕ سلطنتھ کٔر اَدٕ سند لو اولادہ برہم۔ یم اَکہ ہمیشہ بغاوتھ کرنس پیٹھ تلیتو۔ اَمہٕ کنہٕ رٔٹن آدم خانن تہٕ حاجی خانن پرزنتھ گٔڈتھ۔ یم آسہ پیٹہٕ والس لوان تہٕ زین العابدین اوسکھ بیٹہٕ نبر کٔڈتھ ژھنان۔ آخرس کوٚر حاجی خانن راجوریہ پیٹھ حملہ۔ اَتھ جنگس منز مارٕ گٔژھن فوجین ہنزٕ کلہٕ کھوپرہٕ بناوِ بادشاہن کٔنی قیر سری نگرس منز۔

ہیٚندین بُس ٹیکس موردٕ زالنہٕ باپتھ ہینہٕ اوس لوان سُہ آو ماف کرنہٕ۔ زنانن ہندِ ستی سپدُن کورنہٕ زین العابدینن بند۔

کأشرین مُسلمان ٹھوکرن رچھنہٕ باپتھ حوالہٕ ۔ شری ور چھُ وَنان یمَن
ترین ٹھوکرٕ جماژن پیُٹھ پانہٕ وٲنی فساد اوسمُت چھُ، تِمو منز آے
ییم ترٛیہٕ شہزادہٕ پرٛورِش کرنہٕ ۔ یُہ پتھ کانہہ کوکلتاش اوس یم تھوان
زیٖن شہزادن میانہٕ گرٕ پرٛورِش سپدِ سے گژھِ بادشاہ بنُن ۔
شری ور چھُ یتم ساری واقہٕ ٹھیک پٲٹھۍ بیان کران ۔ واقہٕ چھُ زِ
ییم ترٛینوے بأے چھِنہٕ مأیس آرام دِوان ۔ شری ور چھُ زین العابدین
گرٛیگ بٲرٕ بیوٗ اوسمُت ۔ امہِ کِنۍ آو امیس بادشاہ سپنُد کرِک
حالانکہ پوٗرٕ پأٹھۍ پتاہ ۔

شری ور چھِنہٕ محض سیأسی واقعات بیان کران بلکہ فوجی
معاملن منز تہٕ چھُ ذکر کران ۔ سُلطان زین العابدین چھُ گوڈنیک
کوشر بادشاہ یمۍ بجہٕ بجہٕ نوٚیچہٕ بناوِنۍ چھِنہٕ ۔ "زین راج ترنگنی" منز
چھُ سُہ انسکرپشن سنسکرت شلوکن منز موجود یُس تمی سُندس متعلق
چھُ ۔

دوٚیمس سرگس منز چھِنہٕ عیسوی ۱۴۶۰ اکہٕ قحطُچ ذِکر ۔ بادشاہن
ترووٗ ذأتی اتابک سٹوریہٕ لگہٕ کھیاوُن چاوُن ۔ تمو ملس
بلیک مارکیٹ کرن والۍ غلہٕ دار آے خریدارن نِشہٕ وُصول کوٚرمُت
زاید قیمت واپس کرناونہٕ ۔ قحطس دوران لوکو اوٚنمُت ۔ قرضہٕ آو
غأر قانونی قرار دِنہٕ تہٕ سُہ سپُد منسوخ ۔ سِتہِ کٕتھ چھُ شری ور

ٹکو پیٹھ کشیرِ۔ ریشم ہیوتن کشیرِ منز ودنہ ین۔ اگرچہ شری ور چھنہ
اَتھ مگر پشمینہ ودنہٕچ صنعت چھیہ کشیرِ منز بیٹھہ پرانی
آمژ۔ یہ کتھ چھیہ ایران کہ برکاڈ تہٕ نیران سیٹھہ ترٛوونگ
پہِ مطلب نیرِ شری ورس چھیہ بحثیتہ اکھ تواریخ نویس سیاسی
حالاتھ درج کرنس ستی ستی تاہمی تہٕ اقتصادی حالتھ بیان کرنس
رستی تہٕ دلچسپی آمژ۔

شری ور چھ سلطان زین العابدین سندین آخری وریئن
ہندی حالاتھ مفصل بیان کران۔ آدم خان تہٕ حاجی خان یمن
دون شہزادن ہندی حسدن کر سارے سلطنتھ درہم برہم۔
پرانی پرانی ہمدرد وزیر گئے مران۔ خفیہ پاٹھی بلوو منسٹرو آدم خان۔
یہ وچھتھ ترٛوول حاجی خان کشیرِ نیبر۔
اَکہ موقس پیٹھ ہاو حاجی خانن سیاسی چال بازی ہیز صلاحیتھ۔
آدم خانس ستی تلن قسم۔ مگر عہد نکھوون اُتی۔ شری ور چھ
ونان زِ کشیر ناز ووٚن اکھ گوکچہ یتھ منز زور وسیہ نزلے۔
تم گئے آدم خان، حاجی خان، بہرام خان تہٕ حسن خان بِن حاجی
خان اَکہ موقس پیٹھ تراو بادشاہس ژٕد لرزہ نرِ ہاتھ۔ یہاداً اوسہ
کرِ نیبر نیران۔ ذق گذورن "بوگ واشٹھ" بوزنس ستی۔
یہ کتاب چھیہ دُنیاہ فانی آسنس متلق۔ اَتھ موقس پیٹھ چھیہ

ہِندوستانَس منز چھُ سُلطان سکندر تہٕ سہ بٹ گوڈنیُک
شخص یَمۍ نتی بُند اُس کورمُت۔ امہِ کِنۍ گیہِ یِمَن سۭتۍ بدناٗمی۔ اَتھ
حالس منز چھیٚ زین العابدینس تہٕ اکبرس کُنی پالسی اپنٲومژ۔
شری وَرن چھُ زین راج ترنگنی منز بادشاہ سُنز تمی پالسی
ہُنز تہٕ ذکر کورمُت۔ سوکولی، کالج بلڈنگہِ، کُتب خانہٕ تہٕ ہوسٹل آیہِ
طالبہ عِلمَن ہِندِ باپتھ بناونہٕ۔

سنسکرت کتابن آو فارسی ترجمہ تہٕ فارسی، سنسکرت
کتابن کاشُر ترجمہ کرنہٕ۔

'زین راج ترنگنی' منز چھُ شری ور وَنان زِ وارِیاہن بادشاہن سٟتۍ
اُسۍ زین العابدینس سفارتی تعلق سردار پنجاب، خلجی بادشاہ مانڈو،
راجپوتہ راجستھان، ڈونگر سِنہہ گوالیار، بادشاہ سوراشٹر۔
چھُ مزید وَنان زِ بادشاہ دہلی بَلوک (بہلول لودھی) اوس ژھ واپارِ
حملہٕ کران پھیران مگر زین العابدینٕنۍ وَصف وُچھتھ کورُن نہٕ
اَمس پیٹھ حملہٕ۔ خراسانکۍ بادشاہن میرزا ابوسعیدن تہٕ سوزِ
پننۍ سفیر بیترِ زین العابدینس ڈالِ ہیتھ۔ محمد بیگ گجرانک
بادشاہ اوس تمس ورک تہٕ آسہِ زین العابدینس جان تعلق۔
پیٹھ پانژھ گیلان، کر نہٕ مِصرکین بادشاہن سٟتۍ تہٕ۔
شری ور چھُ مزید وَنان زِ وارِیاہ کارِگر آے مختلف

اَمہِ پتہٕ آیہ یم پربتہٕ دفن کرنہٕ ۔ مالی ہندین وزیرن کرِن جاگیر بَند ۔ لُوکن ناوِد اوسُس یار ۔ اگر حیدر شاہ نشہٕ کِس حالتس منز نہٕ اَمِس لوکن ظُلم کرنہٕ باپتھ حُکم دِیہہ ۔ یہِ اوس تی کران ۔ شرِی ور چھُ دنان زِ یہ ناوِد اوس برابر قصائے ۔ لُوکن اوس نر ، نستہ ، وُٹھ ، زیو ، اَکھ بتیر ژٹان ۔ لُوکن ناوِد ہندس ورغلاوُنس پیٹھ کوٚر ہندیو اَکِس خانقاہس لُوٹھ ۔ ساری مسلمان گے بادشاہس فریادی ۔ یہ بادشاہ اوس اکثر بیہ کاری منز وق گُذراوان ۔ یا شراب چوان تہٕ جھکر بوزان ۔

شہزادہ حسن خان اوسُن نیبر کبھنہ علاقہ فتح کرنہٕ باپتھ سوزمت
تمِس گوو ناراض تہٕ فیروز گھکرہ اکیانہٕ اوٚنتھن تہٕ قاد کرِتھ ۔ لیہاذا
شرِی ور ہندِ لیکھنہٕ
دیُت تمِس تہٕ ملاقات ۔
بہرام خانس پیٹھ
تُلہٕ چھُ دنان زِ حیدر شاہس اوس آدم خان تہٕ
شَک ۔

برونہٕ کنہٕ
حیدر شاہ اوس اکہ نٔدِ پنٔنس ملہٕ خانس
اتہِ گیس رِکنو تہٕ اَکھ
شیشوس محلس اندر تراوِت شراب چینہٕ ۔
رِتہٕ سپُد فوت ۔
بلکہ
شری ور چھنہٕ حیدر شاہ ہنز ناکارگی یاتہٕ گنزراوان ،
ذاری
چھُ شری ور اَمِس چھُ داریاہو جان صِفتو کِنہٕ تاریف تہٕ کران

سُلطان زین العابدینن فارسی زبانۍ منز "شکایتھ" ناوچ نظم بناومژ۔ حوکومتھ کرُن وزیرن حوالہٕ۔ اولاد رودِس مجلس اندی اندی چکر ماران ننلے چھا کہٕ موؤد۔ آدم خان آو تہٕ ژاو مجلس اندر۔ اکھ وزیر چھُہ اوسمُت حسن کچھے یُمہ باتھ روٗسوٗ ہٕ والی کاشرِ گرینڈی پانس ستہٕ بلہٕ وِتھ ژوے کر حاجی خانس ستہٕ خلاف ژلتھ۔ آدم خان آو نوشہر ہبر کڈنہٕ۔ اتھی دوران ژاو حاجی خان بادشاہ ہندِس تبیل خانس تہٕ دژاو ماکی ہندی گُرِی ہیتھ۔ مجلس اندر ژاوِنہٕ مارنم ما۔ ہپاری ژوٗل آدم خان بانہٕ ہالہ کِنی نیبر تہٕ حسن خان آو کشیر پرِ ونژھ پیٹھ۔ وودنی سپُد بادشاہ بےفکر تہٕ رود خدایہٕ ہندِس ناوس ستی۔ شری ور چھُ وُنان زِ یمہِ وزِ بادشاہ فوت سپُد بہٕ اوسُس تتی۔ اُمی ہندِ مرنک سنہٕ چھُ ۱۴۷۰ عیسوی۔

'زین ترنگنی' ہندِس دوٚیمِس ترنگس منز چھیہ حاجی خانس متعلق تواریخ بیان کرتھ۔ لقب تھوو اُمی حیدر شاہ۔ شری ورن چھُ حیدر شاہ شندِ مزاج بطور اکھ عیار تہٕ ہُشیار حکمران بیان کورمُت۔ عیار آسنہٕ کِنی چھُ پہ بادشاہ دُشمنن تہٕ جاگیر دِوان روزمُت۔ بادشاہ کیاہ اوس زِن اوس سورس اندر تار کھیتھ۔ کینژن لوکن اوس یمہِ عرضہ موجوب رچھان زِ خلانس برخلاف کرِتھ استیماں۔ حسن کچھے تہٕ بیٚیہ تہٕ کیتھہ وزیر ینس مجلس اندر بلاوِتھ کرِ ناوِن قتل تہٕ

مُتلق چھِ شرِی ورُنان زِ سُلطان زینُ العآبدین پنٕنِس زمانَس اندر سیدکی سید ناصر بیتَر ظآہر - بہنہ سید آسہِ گیٖ اوس سلطان زین العآبدین یِمَن سیٹھاہ ہیٚنٛد کران - یِمَن اَکھ یمَن تِھچ کرِتھ بیٚچھ پکہٕ جاے تراوان - یِمَن کوٚر دِتھ نیتھرِ تہٕ جاگیر کرٕنکھ حوالہ - یِمن منز اوس اکھ سید جمال یمِس زین العابدینَن کشیٖر نیبر کڈتھ اوس رٕچھمت - بادشاہ ہنٛز کوٚر نیتھرِ بٔنہٕ گیہ آسہِ ہیم سادات پیٹھوٚول نیتہٕ - سُلطان زینُ العابدین اوس نہٕ بیہقی سادآتن کشیٖر نیبر کڈنس منز کامیاب سپدمُت - اگرچہ حسن شاہس آسہِ بیہقی سادآتن ہنٛز کوٚر نیتھرِ نہٕ اوس یمَن سارِنے کشیٖر نیبر کڈنس منز کامیاب سپدمُت - وودٕ سپد حسن شاہ آزاد گوٚڈ گژھ تہٕ پتہٕ ہووِرِی گیٖ تہٕ - اَڈ بٕناوِن واریاہ خانقاہ - حسن شاہ پنٕنِس زمانَس منز چھُ ڈیچھیار اکھ بودھ وِہار بٕناوِنہٕ آمُت تہٕ سری نگرس اندر اکھ نوٚو گنٛبو مندر - بیہقی سادآتو منز یوسہ کوٚر حسن شاہس باگہٕ آس آمٕژ، تس اوس ناو حیات خاتوٗن - اَمِس زاو اکھ لڑکہٕ یمِس محمد خان ناو آو تھونہٕ - وودٕ بیٚیو حسن شاہ عآشقہ موٚت - پراکرت گیت اَمِس خوش کران - سنسکرت شوٗلوک اوس لیکھٕ منز گیوان - شری ورن چھِ اکھ شوٗلوک دِیتھ کوٚرمُت یُس حسن شاہن لیکھِ منز گیوٚو - گیوتس تہٕ بابہٕ وانِس منز اوس پہ اول درجُک کلاکار - اکِ لڈ چھُ

تہٕ ـــــ بٲتہٕ ہِندوستانٕچہِ زبانہِ منز اوس شاعری تہِ کران۔ باجہ وایہِ نس منز اوس ماہر۔ پُران، دھرم شاستر تہٕ یوگ واشسٹھ بوزنہٕ باپتھ اوس رٲژس ہُشیار روزان۔ پُران گوو شایدہٕ پرٛتھ پُران۔

"ترین ترنگی" ہند ترٛیم ترنگ چھُ حسن شاہس پیٹھ۔ حسن شاہن بنیوو احمد یوت خوگ نگ سربراہ۔ اُمی بیت نٕسی بادشاہس رلیتھ تہٕ بنیوون رنہہ پہ سندِس تختس۔

بادشاہس آو نہ دشمن۔ ترٛم گے اُمی سندی نہ پُتر آدم خانن تہٕ بہرام خان۔ شری ور چھُ ونان زِ یلہِ بہرام خانن اپوش کرِ حسن شاہن کٔرو آدم خان سندیو مددگارو منز سپاہ بھرتی تہٕ سوزِن بہرام خانس پتہٕ لٔرِ۔ بہرام خان آو قاد کرنہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ ژھٹوہس اُچھ کڑنہٕ۔ پتہٕ بے حد ظُلم تہٕ ناہ اِتفاقی کار کٲشرِ بادشاہن منز شۆرو کرِن۔ چھُ حسن شاہس منز۔ زندگی ہند بٲتہٕ وری گذاری بہرام خانن قادخانس منز۔

بدنصیبی چھُ سُلطان محمد شاہ بن سُلطان حسن شاہ سندِس نٲوس منز کشیر اندر کٲشرِ تہٕ ناکٲشرِ اکھ سوالس پیٹھ اکھ لڑٲے باپتھ قاد سپدِمت۔ اکھ طرف اکھ کٲشرِ عوام تہٕ بیٚیہِ طرف سلطانت نیبقی تہٕ ہندہ مددگار کینہہ کٲشرِ تہٕ پتن نیبقی سدرٕ

لڑکہ محمد خان آو محمد شاہ لقب دِتھ بادشاہ بناونہ۔ وونۍ
آیہ بیہقی سادات پٔتہٕ پاٹھۍ بارسس۔
شری ورن چھ دایاہ واقع بیان کرِمتۍ یمو کِنۍ یہ ننان چھ
زِ شہیری خاندانک زوال اوس وونۍ شوروع سپدنس تیار۔ کاشرِن
لوکن پٮ۪ہ بیہقی سادات آسہ پانہٕ والو زٕبر تُلمُت۔ سادات آسۍ کاشرِن
لوکن نِشہ پاٹھۍ نفرت کران بیٚیہ پاٹھۍ ترک مسلمان ہندوستانک مسلمان
گران آسۍ۔ کاشرۍ سردار اگر بادشاہ سٕندِ ملاقاتہٕ باپتھ یوان آسۍ
تمن اوسنہٕ ملاقاتھ میلان۔ اتھ دوران اوس اندر اوس راجہ بدر (جموں)
پرس ریلم پنجاب کِس گورنر تتار خانس نِشہ خوف تہٕ سپدِتھ کشیر
آمت۔ چون راتھ ریتہ اوس اکھ مُسلمان لیڈر کاشرِن ہند۔ اکھ
پھہلاو غلط شوشہٕ زِ تتار خان چھُ بیہقی سادات سٕتۍ سازش کران۔
پگاہ سیدِ پرس رامس پیٹھ حملہ۔ یہ غلط شوشہٕ پھہلاونہ پتہٕ کور
پرس رامن تہٕ کاشرِ ملتہ بیہقی سادات پیٹھ حملہ۔ سید حسن بیہقی
تہٕ بیٚیہ بیٚیہ لوکھ گئے مارِ۔ شری ور چھ لیکھان جہانگیردار رۆزتھ بنِنہٕ بیانہٕ
تمہ بیہقی سادات بےٚ گوناہ قرار دِتھ کاشرِن سازشہ کرنک الزام دِوان۔
وونۍ کٔر کاشرِو ییاکھ تُلے زِ بہرام خانٕ تہٕ یوسف خان
لیٚس قادِس منز اوس بناوون بادشاہ۔ یتھ پاٹھۍ سٕتۍ قادِ منز کڈنہٕ
پتہٕ تیمر واتنہٕ دُشمن پارٹی۔ تم تہٕ واتۍ موقس پیٹھ۔ یوسف خانٕ دوون

حسن شاہن دربارس منز ییہِر آمٕتیس اکس گیون واکس تہٕ شری ورس درمیان بحث کرنو مٕت، یتھ منز شری ورن زیوُن۔ بادشاہ گوو خوش، شریوَر چُھ وَنان زِ بادشاہن دیُت میہٕ جاگیر ییتہِ تہٕ سون بڑتھ اکھ زبہاریہاجس منز۔

پیٹھ کِنہ پہٕ وَنہٕ آو یا بروٚنٹھ کُن پہٕ وَنتہٕ پیٚو، امہِ تِلہٕ چھُ غرض پہٕ ہاوُن زِ شری ور چھیٚنہٕ تواریخس پیٹھ ژھکھ وَنان تہٕ بلکہ تفصیل سان واقعہ بیان کران۔

شری ور چھُ وَنان زِ کینہ کال گژھتھ سپُد اکھ لوٚت پہٕ تانزٕ پیٚمن دوٚن وزیرن درمیان رقابت شروع۔ حسن شاہس پیٚیو ہوڈ دوٗر والیس اپناوُن۔ جہانگیر ماگرین یُس اکھ لیڈر اوس تہٕ گوو حسن شاہس زِ تہٕ چھی سادات۔ اتھ والیس کشیرِ حسن شاہ۔ سیٚد پہٕ اکھ لیڈر آسی جہانگیر زَوُن کشیرِ پیٹھ شری ور چھُ اتھ وَنان پہٕ اگرچہ حسن شاہی وزیرہٕ چھاندر آسی کرکۍ، مگر دلچسپی اُسس سادات بڑِ کوبِ دِتو۔ امہِ کنہ بنیہ پیٹھی کوٹ گورنمنٹ۔ واپہ واپہ سیٚد حسن شاہ سُند صحتھ خراب پہٕ تھی ستی سیٚد فوت ۱۱۴۴ منز۔

حسن شاہن اوس خیال اظہار کوٚرمُت زِ میانہٕ پتہٕ گژھِ بہرام خانن لڑکہ یوسف خان بادشاہ بناوُن۔ حیات خانوٚ تہٕ ادس اکثر ستی اتفاق۔ مگر یتھی سادات کو پہٕ اکھ کہٕ اتفاق۔ سپنہٕ دوہر

کلپ کھوپہ لاتن پیٹھ کھرٹا کران۔

جہانگیر ماگرے اَنِو جلال ٹھوکرن پرونز پیٹھ واپس۔ پنج

شہاب الدین سودن ہیہتیو کاشرن تِشی پیٹھ بچاو کرنہ خاطرہ۔ کاشرو کھوو شرط ژوکو مۆتھ گژھہ کاشرن لوکن حوالہ پتن کرنہ تہ سرکاری خزانہ گژھہ واپس پتن کرنہ۔ ساداتن سپدنہ یم شرط منظور۔ بس جنگ گوو دوبارہ شورع۔ یہل کور کاشرو۔ شری ور چھ ونان نہ ززی گیجن ہندی پاٹھی پیہ لاشہ شہرس اندر۔ کوٹن پیٹھ آیہ کلہ ہیر کلبو سیتی ٹھکنہ۔ ساداتو منو جلپ نرتن سپز فتح۔ جہانگیر ماگرے، جلال ٹھوکرن تہ سیف ڈار یم کاشرن ہندی رہنما آسی کرِ ساداتن سیتی جنگہ خاطرہ پوری تیاری۔ شری ور ستند وتن چھ زِ سیف ڈار اوس لیمبو ہنٛدشر بناونہ۔ امہ کِنہ چھ ونان زِ متوازی حکومتھ چیئہ کاشرو کھڑا کرمژ۔ امہ جنگس منز کرِ کاشرو بندوق استعمال۔ کشتواری، ڈوگرہ، منہاس، تراب، ہزارہ پیٹھکی لوکھ، راجوری ہندی باشندہ، کھش، تراب تہ غار کاشری مسلمان۔۔ یمو کور ٹھواپارکی گیہہ۔ امکی دوران، اَنِو ہیتھی ساداتو پنجاب پیٹھ تتارخانس ترک بس کالی دمار پہاڑن اندر ڈوگرن ہندی انتظام گوو۔ ساداتن سپدِ تھلہ پیت۔ آخرس اوس کاشرو بدو۔ یم کاشرو انتظام ساداتن ہندی کھیپس منز آیہ تم اسہ تیہ ژنتہ کاشرن ہندس

فوجن درمیان ہیوٗ ۔ علی خانن اوس بیہقی ساداتن ہُند طرفدار اُد ژُھن یوٗسف خانن قتل کرِتھ ۔ شری ورِچھُ وُنان زِ لوٗکن ہُند وُنُن چھُ یوٗسف خان اوس محمد شاہ نِس ماجِر بادشاہ بناونہٕ خاطرٕ قادہ منٛز کوٚڈنوومُت ۔ اَتھ قتلس پتہٕ چھیہ شری ورن راج ترنگنی منٛز مرثیہ گُنڈمٕژ ۔

وونہ کوٚر کشیرِ منٛز ہول وار شورش ۔ اَمِکُھ مفصل بیان چھُ تِمہ راج ترنگنی منٛز ۔ اَکھ طرفہ آے سادات بیہقی تہٕ تِہندِ کاشُرہ ساتھی تہٕ بییہ طرفہ گیہ اَکھ جاتھ ساری کاشرہ ہتھیار ہیتھ جمع سپدِتھ ۔ سری نگر تہٕ اَتھ نزدیکہ ییتہٕ ہُند دچھن طرف روٗد ساداتن اَتھہٕ تہٕ ییتہٕ ہُند کھوور طرف تہٕ باقی سارے کشیر کاشرین اَتھہِ ۔ سرکارک خزانہٕ باگرووتھ بناوِک سپاہی فاروقی لوٗکہ تہٕ مسلح ۔ کاشرو کوٚر واتہٕ جمع تہٕ باگرووکھ منٛز خرچہ بدلہٕ ۔ شری ور چھنہ پیاہ تلہٕ چھُ ننان زِ شہ چھُ اَمہٕ وِزِ پانہٕ سری نگرس اندر اوسمُت ۔ دیان چھُ زِ کوٚہی لوٗکھ آسے باقو ییتھ وادی منٛز ژٕلِتھ ۔ لوٗکھ مارتہٕ تار سپدک ییتھ دوشوے طرفو ۔ کتھس قبیلکی لوکہ، ژٕندہ تہٕ رتھ سرکارک ملازم پھم مقتل سپدِتھ آسیہٕ بکال سپہ کیہ سپدِک دِلشاد ۔ لوٗکن واجِبہ لبہٕ خاطرٕ ۔ پتہٕ گژھن وِتھ تار اَتھ سوکھ زِ دشمن ہمسایہ دُزن ۔ ژھانٹھ وانِتھ آو لوکھ ییتہٕ اُپہ تران تہٕ لوکن مارتھ

ہ گوس تُس ہتۍ میلتھ۔ فتح خانن کٔر گٔل زور لۆٹ بڑاوتھ ییٚتھٕ پٲٹھۍ بنیوو محمد شاہس تختس پیٹھ وٲلِتھ پانہٕ پادشاہ۔ سیف ڈار بنیوو وزیر اعظم۔ اَتھۍ واقعس ہتۍ چھیٚ شری ورہ ہنز "زین راج ترنگنی" دٲنڈ ، واتان۔

کمپس منز۔ ساسہ بدی برہمن شہزادہ سید تہ کاشرۍ مسلمان گیہ مار۔ بلکہ بے کانہہ کاشرو تہ ساداتن ہندس کمپس منز اوس ہسہ تہ آو تتہ ژلتھ۔ سورے مال تہ جاداد ضبط کرتھ آے بیہقی سادات شُرۍ بوٗٹھ سان کشیر نیبر کڈنہ۔

سادات درا پہاڑی تہ پہاڑی باگرا و کشیر ماگرے، ٹھوکر، ڈار تہ رینہ قبیلک پیٹرو پانہ وانی۔ لوکن آو لوٹھ کھوسوٹھ کرنہ تہ بادشاہ آو سان قتل کرنہ۔ احمد ٹھوکرن کوٗر گرہ بُلاوتھ ہمیٚن دانتہ جوٗن تاج رینہ نتل۔ سیف ڈار یُس بہودری منز مشہور اوس تمی تہ ترووی جہانگیر ماگرے یس بروٹھ کنہ ہتھیار۔ جلال ٹھوکر تھود پننہ نوکرو گر گنڈ کرتھ۔ کیا دوئ دریہ جہانگیر ماگریس وزیر اعلی ہنز کُرسہ۔ بیٹھ تھنگہ تہ ہیم پاٹھی بیہقی سادات بیٚیہ کشیر منز نوسودار۔ فتح خان بن آدم خان بن سلطان زین العابدین سید راز ویر منز ظاہر۔ بلکہ کاشری ہدماگے تمس ملاقاتس پہ وننہ زِ بادشاہ بناوتھ شری ورحم دنان زِ پہ خبر بوزتھ پیؤو زمیندارن ژھن لوکن۔ جہانگیر ماگریٚن اوس پتہ کالہ بیہقی ساداتن ہندِ حسنہ فتح خانس کشیر رینہ خاطرہ مشورہ دیت مت۔ مگر اکثی دوران ہنیود محمد شاہ سند وزیر اعلی۔ لہٰذا پیٚژن محمد شاہ ہنز طرفداری کرنی۔ تس فوج فتح خانس مقابلہ کرنہ خاطرہ سوزن،

# پراجیہ بٹ

شری ورس پتہٕ چھُ بیاکھ کرانکلر پراجہ بٹ اوسمُت یمیٚ عیسوی سنہ ۱۴۸۶ء پیٹھ سنہ ۱۵۱۳ء تام یانہٕ ستوٗدُہن وُریَن ہنز ہسٹری پٔتھٕ راج ترنگنی منز بیان کٔرمِژ یِتھ تٔمۍ 'راجاولی پتاکا' ناو اوس تھوومُت۔ یہ تواریخ چھےٚ اکبر بادشاہس پیش آمٕژ کرنہٕ۔ لہاذا چھُنہٕ اَمیُک ترجمہ فارسی زبٲنی منز میلان۔ نہ چھیٚ اصلی کتاب کُنہِ درامٕژ۔ اَمس پتہٕ چھُ شُک بیاکھ تواریخ نُویس ووٚتھمُت۔

# شُک

شُک پنڈِتھ چھُ پننہِ 'راج ترنگنی" ہِندِس تمہیدس اندر ونان
زِ جونراجن تہٕ شری ورن چھیہٖ 'راج ترنگنی' ۱۴۸۶ء عیسوی تام لیچھمٕژ
توٚپہٕ چھیہٖ پراجیہٖ بٹن تواریخ ۱۵۱۲ء عیسوی تام لیچھمٕژ۔ شُک چھُ پننہِ
'راج ترنگنی' ہِندِس اندس پیٹھ کشمیری خاندانکس شمس الدین (دوم)
۱۵۳۷-۴۰ء سٕند ناو ہیوان ۔ یوٚتِس چھِ ہیٚمِہ تہٕ کینہہ شوٚلوک
شُکنہِ 'راج ترنگنی' اندر۔ تِم چھِ حالس ضیمن اندر تھونہٕ آمٕتۍ۔
شُک چھُ پننِس مالِس سٕند ناو بُدھیہٕ آشرے ونان۔

شُک سٕنزِ تواریخ توٚہی چھُ اکھ صفتھ، سُہ چھُ زِ شوٚلوکن منز
چھِ وارہاہ واقعہٕ درج۔ گویا شاعری چھیہٖ اُکھ کرمٕژ تہٕ واقعہ
بیان کرنس کُن خاص دیان دیُتمُت۔ لطیفہٕ مانٛنے تھوِن دالی
شوٚلوک چھِنہٕ شُک سٕنِس کرانکس اندر میلان۔

اُمِس چھِنہٕ کانٛہہ بادشاہ سٕنز سرپرستی آسمٕژ۔ ونان چھُ زِ
میٚہ چھُ بوٚزمُت زِ بیٚیو بادشاہو چھیہٖ شاعرن حوصلہ افزائی کرمٕژ۔
شُک چھُ سلطان فتح شاہ سٕندِ زمانہٕ پیٹھ لیکھُن شوٚروع کران۔

تِہ یِہ شخص گوو شہاب الدّین نِہ خاندانٕچ منٛز پادٕ۔ یِہ گوو شاید سلطان شہاب الدّین۔ کأشرِ تواریخ دان چھِ یِمن ہمعصر لُکن ہِندِ خاطرٕ لیکھان۔ گویا لوٗکن تِہ پانے فِکرِ تِہ یِہ کُس شہاب الدّین گوو۔ سُلطان فتح شاہس برونٛہہ کُن آیہِ کٔشیرِ جاگیرن منٛز باگراونٕہ۔ یِم جاگیردار سگے نوٚو مُسلمان ڈامر۔ یِمَن باگیرِ کم حصَس آیہِ تُکرٕ تُل شور۔ بادامارس آیہِ تُرٛیَہ حصہ کرنہٕ۔ اکھ حصہ فتح شاہ سُند، بیاکھ عثمان ڈارن تہٕ بیاکھ تیمزنگ رینہ سُند۔ تاوو تِکیازِ چھُ صاف ظاہر نِہ ماگرے ڈامبس ہیوٗل نہٕ رٕچھی۔ یِم آیہِ دوٚنٛہہ طرفہٕ حملہ کرتھ۔ رینا اوس ابراہیم ماگرے۔ امِ وِزِ تُرٛولن فتح شاہ کٔشیرِ ترٛاوِتھ نوشہرِ باپَتھ الپور۔ دوٚیِ بوٚوٕ محمد شاہ ژوٗرِمہِ لٹہٕ تخت۔ یِہتے چھُ فتح شاہ ژوٗرِمہِ لٹہٕ بادشاہ بنان۔ کاشرین لوکن پانٕہ وانٛز حسد آسنٕکی کنٔ تاہ نوقصان چھُ کٔشیرِ پھٕٹ کالہٕ دو قسمت، یِمہ ولِہٕ زانٕنہٕ خاطرٕ چھیہٕ تُتک ہیٚنز راج نیٖتگیٖ

اہم ماخذ۔

کٔشیرِ اَندر سیاسی اُتار چڑھاو وُچھنہٕ باپتہٕ چھیہٕ تُتک ہنز راج نیٖتگیٖ دِلچسپ سٕیٕ۔ چھُ وَنان زِ تیمر زُلتہٕ گوو محمد شاہ دِلی بادشاہ سِکندر لودی یِس نِش مدد حأصل کرِنہٕ تہٕ فتح شاہس شِکست دِتھ ہوٗتٕھ یِیہ تخت۔ یِتے کرٕ سِکندر خان بِن سُلطان شاہن یورسِتس، امہٕ پتہٕ جہانگیر پڈرن حبیب خان

پگنڈہ تیٚچ شاہن ترتیٖم دِتھ گوٚو مُتہٕ آسُن۔

اَتھ گژھ چھُ اَمہِ تھاپہٕ کرِ فلوی رکاڈہٕ نِش تصدیق سپدان۔ یِتھ مَن ووٚرین دورَن اَندر یُس ہول وار اوس سُہ چھُ اَتھ زمانس اَندر نٔژان مغدمُت۔

موسہ رینہ اوس وزیراعظم۔ اَتھ مُتعلق منز چھُ شک زانج نمرگی، اَندر حضرت میر شمس الدین عراقی صابُن کشیرِ منز آسُن ذکرہٕ کران۔ موسہ رینہ اوس ہیٚندین خلاف۔ تمہٕ تو چھُ شک اَمِس تاریف کران زِ یہِ شخص اوس پرایویٹ زندگی منز نہ زناں پٔتہٕ ووزان دُزار گِنڈان پیٚتہٕ شراب چوان۔ اَمہِ تِلہٕ چھُ صاف ظاہر سپدان زِ بٔکُشیہ ہیٚندو اگر شکس کانٛسہِ پٮ۪ٹھ شکایتھ چھیٚہ تہٕ اَمہِ ترٛونہٕ چھُنہٕ نپسندی یان صفتہٕ گنٛڈتھ تھوان۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ شک چھُ مُسلمان اوسمُت بنیو مُت۔

وزیراعظم بنتھ گٔژ سیٚد موسہ رینہ پننِس خاندانس یرٛتھ عاصِل۔ بلکہ کاشرین رہنماہن گوو حٔد تہٕ آخرس سیٚد موسہ رینہ فوت۔ اَمہِ پتہٕ آے وار یاہ فرقہٕ بارسس۔ گُرا ماگرے، گراڈار، گراپڈر۔ کاشرِ لوکھ روٚدکھ اَمہِ پتہٕ دِیچھ۔ منزگوو اکھ شہنشاہ پادشس ابراہیم اوس ناو۔ شک چھُ ونان

# سید علی ماگرے

سید علی ماگرے چھُ کشیرِ ہنز تواریخ فارسی زبانؠ منز اسلامی
دورکہٕ ابتدا پیٹھہٕ شوٗروٗع کٔرِتھ یوٗسف شاہ وٚزکس تام واتہٕ ناوان۔
واقعاتہٕ چھِ انتخاب کٔرِتھ درج آمتۍ کرنہٕ۔ سید علی ماگرے ہنز
تواریخ یتھ "تاریخ کشیر" ہیکو ناو دِتھ چھےٚ کرانکل نہٕ زبانہٕ ضابطہٕ
ہسٹری۔ اتھ کتابہٕ چھےٚ نہٕ اہمیتھ زیہٕ چھےٚ نمو سابقہٕ فارسی
تاریخن منز پرانۍ یمہٕ وِزِ تام اتھ چھےٚ آمژ
سید علی اوس ماگرے قبیلہ منز۔ مٲلِس اوس سید محمد
بن ابدال ماگرے ناو۔ باسان چھُ زِ تالقہ آسہ اُمس بیہقی سیدو
منز۔ تکی چھُس سید ناو۔ کشیری خاندانس سٟتؠ اوس اُمس
رشتہٕ ماجہِ ہندِ طرفہٕ تہٕ شخص اوس سنی مسلمان۔
کشیری خاندانچ ابتدٲیی تواریخ چھےٚ یوٚن راجس غلام
مسلمان مورخو تہٕ قلمبند کٔرمژ۔ یمن منز چھُ مولانا احمد کشیری

بن سلطان فتح شاہن بیہ ابراہیم خان بن محمد شاہن۔ دوٚنٛ بیٚچھو کاڑٕ ژٕکن ابراہیم بادشاہ تہٕ محمد شاہ تھوٚوُن باہ ہالہٕ اَپارٕ جیل۔ باتے گاٚٹرِ ہینٛتن کاڑٕ ژکتہٕ دِنٛنٛدٕ۔ امہٕ پتہٕ آو ابدال ماگرے بادشاہ موغل بابرس لبنہٕ مدد حاصل کرِتھ حملہ کرنہٕ۔ ستہٕ اوٚتن نازک بن سلطان فتح شاہ۔ یِتھٕ پاٹھٕ بنیوو نازک شاہ بادشاہ تہٕ کشیرِ آو بٔڈ داہ کرنہٕ۔ کاڑٕ ژکن تروو محمد شاہ ہیلہٕ منزٕ۔ اتھ موقس پیٹھ آسی محمد شاہس ماگرے ترایب تہٕ موغل مددگار۔ اَتی پیٹھٕ چھ موغل ییٚنٛن اتھٕ کشیرِ پیٹھ تراوُن ہیوان۔

نازک شاہ آو تختہٕ پیٹھٕ والنہٕ تہٕ محمد شاہ بیٚوٚٹھ ییٚیہ تختس۔ شک چھُ وتان زٕ ییٚنٛرِ برٕ محمد شاہ کوسہٕ بادشاہ بنیوو تی چھٕ کوٚر میرزا کامرانن حملہ اُمس پتہٕ میرزا حیدر کاشغرن۔ کاڑٕ ژکن، ابدال، ماگرے ہیترٕ کاشرٕ ہہٕ تہٕ ہیٛو کرٕ ہیمتھ تہٕ یتھٕ پاٹھٕ آیہٕ کاشغرد کشیرِ بنیر کڈنہٕ۔ تو پتھٕ دوٚیمہ دفعہ تہٕ محمد شاہ سپدٕ فوت۔ دوٚنٛ بنیوو محمد شاہن نیچو شمس شاہ بادشاہ۔ ہیٛانٛدی آو کاڑٕ ژک دوٚتلہٕ امرٕ ستی ماگرے قبیلس چھکھ تہٕ کاڑٕ ژک بنیوو ییٚیہ وزیرِ اعظم۔

اَتھٕ چھیہٕ شک ہنز "راج ترنگنی" اند ہیٚنہٕ ولاٚے یکدم ختم گژھان۔

کم کم آیہ میر سید علی ہمدانی رحمن ہتی، تمو منز کم کم ٹھہر بہ بیت
کشیر منز، تہندی ناو تہ چھ درج۔ ساداتو منز کمی کمس کر رحلافی
تہ تہ چھ ونہ آمتہ میر سید محمد ہمدانی رحمتہ ہم سادات پانس سیت
اُنی، تہندی ناو تہ چھ۔ شیخ نورالدین تہ تہندین شاگردن ہنز
تہ چھیہ ذکر کرنہ آمژ۔

گوڈنکس حصس منز چھ سیاسی حالاتھ سبٹھاہ کم تہ بیرن
ہنز ذکر زیادہ۔ دریمانی حصس منز چھ سیاسی حالاتھ تہ میلان سلطان
شہاب الدین ہندہ زمانہ بیٹھ۔ بادشاہن ہنز پرائیویٹ زندگیہ متلق
تہ چھ اتھ تواریخس منز لوکچہ لوکچہ کتھ درج۔ کاشرین لوکن ہنز
سماجی تہ اقتصادی زندگیہ بیٹھ چھنہ سید علی ماگرے ین نظر تراومژ
ہیندو، مسلمان تہ شیعہ سنی تالق یمن دون مضمونن بیٹھ
چھنہ مفصل بیان۔ سلطان زین العابدینن کمہ کمہ کتابہ اَنہ ناوِ
دینیاتس بیٹھ خراسان، عراق بیترِ ملکو پیٹھ ، اُتیک
لچھ پور تفصیل میلان۔

مبالغہ چھ اتھ تواریخس منز واپیاہ سید حسن بن سید
تاج الدین رئیس سلطان شہاب الدینس نش ذکر ادس چھ اتھ
تواریخس اندر بدخشان، ایران بیترِ ملکن ہند فاتح مانہ آمت۔
ظاہر چھ یمہ ڈیلہ سلطاب شہاب الدینس متلق پرانین کتابن منز

ملا نادری بیترٕ۔ یِہنٛز تواریخ چھےٚ وُنہِ لوکَن نام واتٕمٕژ۔ مگر پتہٕ کالہٕ چھےٚ یِمہٕ تواریخہٕ دٔسی باب اَتھہٕ آمٕژ۔ بروٚنٛٹھ کُن یِم تواریخ دانَن دوٚچھمٕژ چھہٕ تِمَو چھےٚ پرانہِ تواریخہِ نوٚتۍ کتابہٕ لیکھنہٕ باپتھ استعمال کٔرمٕژ۔ تِمو منٛز چھُ اَکھ تواریخ دان قاضی ابراہیم اَدْسمت۔ اُمی سٕنٛز تواریخ چھےٚ سید علی یَس اَخذ روزمٕژ۔ قاضی ابراہیم سٕنٛد ناو چھُ سید علی ماگرےٚ ین پانہٕ ہیوٚتمُت۔

سید علی سٕنٛز تواریخ چھےٚ یتھ زمانس اندر صرف اَکھس نوٚسخس اندر وٕدی باب۔ خبر چھےٚ چھٕٹۍ پھیرانہٕ۔ واقاتن ہٕنٛد اَندراہ گوڈاہ تیٚمٕنہٕ کنہٕ۔ ممکن چھُ زِ یہِ کتاب آسہِ پتہٕ کالہٕ آمٕژ یچہِ کتابہٕ ہٕنٛد ژٕوچیر۔ کاشرٚین لوکن ہٕنٛدی سیاسی زندگی ہٕنٛدی حالاتہٕ چھہٕ اتہٕ کٕنہہ یُس تہٕ سادات، ریشی سلسلہٕ تہٕ تِہٕنٛدِین اولادن یا ژاٹن ہٕنٛدی حالاتھ چھہٕ زیادٕ درج۔ کتابہٕ ہٕنٛدس ابتدا تہٕ آخرس پیٹھ چھُ ساداتن ہٕنٛد تذکرہ۔

کشمیری خاندانکہ بادشاہ کوتاہ یِرتھ تہٕ خدمتھ آسی ساداتن کران۔ تیٚہُند ذکر چھےٚ سیٚٹھاہ آمُت کرنہٕ۔ مثلن خانقاہ ہمدانیہ تعمیر کرنہٕ وِزِ اوس سلطان سکندر پانہٕ حاضر روزان تہٕ دیٚپی والان مثلن سید محمد ہمدانیؒ سٕنٛد مشورٕ حاصل کران۔ یِم سادات کیٚتہٕ کیٚتہٕ چھہٕ دفن، تِمن گامن ہٕنٛدی ناو چھہٕ درج۔ ساداتو منٛزٕ

# بہارستان شاہی

بہارستان شاہی، چھُ تمن ساریٕنٕ تواریخن منز اوٚل نمبرس پیٹھ یوان یمہ
اَز تام فارسی زبانہِ منز لیکھنہٕ آمژٕ چھیہٕ ۔ یہٕ چھےٚ نہٕ کرانکل، بلکہ باضابطہ
تواریخ خاصکرٕنہٕ اَمیُک آخری حصہٕ ۔

مُصنفن چھُ پننُ ناو گوٚٹہِتھ تھووُمُت ۔ شاید یمہٕ وجہہٕ
کِنیٚ زِ تتھ زمانس منز اوس شیعہ سُنی تفرقہٕ کنہٕ مذہبی، سیاسی تہٕ سماجی
زندگیہ منز ہوا ناموافق ۔

مُصنف چھُ پننس جدٕ سُند ناو حسام الدین ونان ۔ یُس
غزنی پیٹھہٕ بابا حاجی ادہم سُند شاگرد بنتھ سلطان سکندر سُندِس
زمانس منز میر سید محمد ہمدانی یُس ستی کٔشیر آمُت اوس ۔ حسام الدین
اوس بابا حاجی سُندِس بادرچی خانس منز خادم ۔

حالس مانو نہٕ ۱۵۸۶ عیسوی شوروٗع سپدِتھ چھیہٕ یہٕ
تواریخ ۱۶۱۴ ختم کرنہٕ آمژٕ ۔ ۱۵۸۶ عیسوی منز اوس موغل بادشاہ

چھِیہٕ آمٕژ تہٕ چھِیہٕ سیدٕ حسنٕس کُن منسوب آمٕژ کرنہٕ۔ سیدٕ حسنٕس
منتلق چھُ یہِ تہٕ غلط وُنہٕ زِ تٔمۍ کوٚر بادشاہ دہلی فیروز تغلق قاد شہاب الدینس
کوٚتاہ فوج کوٚر جمع، اَتھ منز چھُ مُبلغہٕ۔ زین العابدین چھُ بٕنژاہ
ساس سوار تہٕ اَکہٕ لچھ پیادٕ کاشرِس بادشاہس مُقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ جمع
کٔرِمٕتۍ۔ اتھ چھِیہٕ مبالغس کٲم ہینہٕ آمٕژ۔
مرزا حیدرنہٕ کُن حالتَن منز ییٚہ قتل تہٕ یم ذکر چھِیہٕ تفصیلہٕ بیان کرنہٕ
آمُت نکیاز سیدل ٲگرے اوس میرزا حیدرس ہمعصر۔

تہٕ عالمن ہندی ناو ہیوان ۔ یِمن منٛز چھِ سید قاسم ، مرزا حیدر

مولانا احمد کشمیری ، یوٚس راج بنٛز شامل ۔

'بہارستانِ شاہی' منٛز چھُ 'راج ترنگنی' "قلم کشمیری" ناو تھوونہٕ

آمُت ۔ گویا یِمن منٛز سنسکرت زبان تہٕ شاردا رسم خط استعمال

چھِ ۔ یِمن نزوون راج ترنگنین ہندی مُصنف چھِ یوٚس راج ، شری ور ،

پراجیہ بٹ تہٕ شُک ۔ پراجیہ بٹنٛز تواریخ یٕتھ ناو اوس "راجاولی

پتاکا" ناو اوس چھنہٕ ازکل دستیاب ۔ مگر بہارستانِ شاہی لیکھن" والی چھُ امہِ

استفادٕ نلمرٛت ۔ واقعن ہندی تواریخ چھِ کاشرِ سنٛن منٛز

'بہارستانِ شاہی لیکھن' والی راجاولی پتاکایہ منٛز کڈِمٕژ ۔

'بہارستانِ شاہی' منٛز چھیٚ رشید الدین سنٛز جامع

تواریخ تہٕ استعمال آمٕژ کرنہٕ ۔

فارسی تواریخن منٛز یِم ہجری [illegible] چھِ آمتٕ ، تِم چھِ

گوٚڈنیٚن غلط ۔ باسان چھُ زِ مُصنف چھِ پلنے اوٚنگجہ ٹینٛڈن بیٹھ

حساب کران روزمٕتۍ تہٕ لیکھان گامٕتۍ ۔ بوٚسٕ حال چھُ بہارستان

شاہی تہٕ تھوان ۔ توتہٕ چھِ اکھ منٛز کینہہ تاریخ ٹھیکھ ہیوان ۔

بہارستان شاہی چھِ زِ سنہ استعمال کران ، اکھ ہجری تہٕ

بیاکھ کاشُر ۔

بہارستانِ شاہی چھُ راجے سنٛدس پیٹھ شروع

اکبر بذاتِ خود کٔشیرِ داخل سپُد مُت ۔ اَتھ پیٹھ گیہ کٔشیرِ منز مولمن ہنز حکومتھ شوروٗع ۔ اَتھ وریُس منز چھ 'بہارستان شاہی' لیکھنَس دِس آمُت ثلمہٕ ۔ امہِ کتابہِ ہُند ابتدٲیی تہٕ آخری حصہ چھ کٔشیرِ منز لیکھنہٕ آمُت تہٕ درمیٲنی حصہ ہِندوستانس منز ۔ اکبرن اوس یوسف شاہ چَک تہٕ اَمِس سُند نیچُو یعقوب شاہ چَک دۄنوے راجہ مان سِنگھس حوالہ کٔرِتھ صوبہ بہار روانہ کٔرِمٕتۍ ۔ یِمو آسہ واریاہ کتابہِ تہٕ عالِم کٔشیرِ پیٹھ پانس سٕتی نیرِ نِمٕتۍ ۔ تِمو منز چھ بہارستان شاہی لیکھن وول اکھ عالِم تہٕ شٲمِل اوسمُت ۔ یعقوب شاہ چَکہ چھ ۱۰۹۴ عیسوی منز فوت سپُدان ۔ تَمہِ پتہٕ چھ امہِ کتابہِ ہُند لیکھن وول واپس کٔشیرِ آمُت ۔ بیہقی سیدو منز چھ سید مبارک خان یوسف شاہ چَکنہٕ وزیر سوا اوس رٔتِس کٔشیرِ ہُند بادشاہ بنیومُت ۔ اَمِس سُند نیچُو سید شاہ ابوالمعالی بیہقی چھ 'بہارستانِ شاہی' لیکھن والِس سُند مُربی اوسمُت ۔ یہ سید اوس اکبرن راجہ مان سِنگھس ماتحت تھوومُت ۔ راجہ مان سِنگھ فوت سپدنہٕ پتہٕ اوس جہانگیر بادشاہن اَمِس سیدس منصب تہٕ جاگیر صوبہ سِندھس منز دِتمُت ۔ باسان چھ زِ ۱۹۱۴ عیسوی آسہ پاس آسہ 'بہارستانِ شاہی' لیکھن وول کٔشیرِ واپس آمُت ۔

'بہارستان شاہی' چھ واریاہن پرانین تواریخن ...

سلطان زین العابدین ہنز مذہبی رواداری چھےٚ پسند۔ وۄنان
چھِ کأشِر تٔمِس 'بادشاہ کلان' یا بڈشاہ ناو۔

'بہارستان شاہی' ہس منز چھےٚ پرانیٚن روایژن تواریخ مأنِتھ
تقلید تہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ سلطان شہاب الدینس یِتہ یِم فتوحات منسوب
چھِ آمتیٚ کرنہٕ تِم چھِ اَکھ منزٕ دۄہ۔ یِمہٕ چھیےٚ نیچھ دلیل۔
امہٕ علاوٕ چھےٚ نوٚلوٚ خبر تہٕ چھیےٚ 'بہارستان شاہی' ہس منز درج۔ مثلن
سید محمد ہمدانیؒ ہنزِ نصیحتہٕ پیٹھ چھُ سُلطان سکندر اکھ
دارالشفا بناوان، یتھ منز سرکٲرِ کڈنیس پیٹھ حکیم مفت علاج
کران اُسی تہٕ سرکارٕ طرفہٕ اوس بیمارن دوا، خوراک بیتر میلان۔
مُسنات، عُلما، فضلا، ولی، شیخ، سادٲتن ہندِ ناو تہٕ
کارنامہٕ تہٕ چھِ اَکھ منز درج۔

کأشرین امیرن ہندِ سیاسی جھگڑٕ، تِہندِ وزیرٕ بننہٕ
خاطرٕ البوالہوس آسُن، جاگیرداری ہندہ ہوس، بدماش لوکن
ہنز عجیب و غریب فندبازی ہِن متعلق پرِتھ پرِتھ چھُ انداز
سپدان زِ "بہارستان شاہی" لیکھن والیس کأشرہ تیٚز نظر چھیےٚ
واقعاتن گہرٲیی سان زانِنس منز آسمٕژ۔

شہمیری خاندانکین دۄن بادشاہن سُلطان محمد شاہ
تہٕ سُلطان فتح ہس یانہٕ وزٲ کشمکش تہٕ کأشرین

گژھان ۔ اَتھ پیٹھ چھیہ جونراجنہِ پیچھر تواریخ تہٕ شوٗروٗع سپدان۔
راژِ جے سِنگھ پیٹھ
راژن ہِندۍ حالاتھ چھِہ
'بہارستانِ شاہیس' منز مختصر پأٹھۍ درج ۔ راژِ جے سِنگھس
پیٹھ رِنچنس تام یُس زمانہ چھُ تتھ پیٹھ چھِہ 'بہارستان شاہی'
لیکھن والِس ییٚتہٕ تہٕ واریاہ ہنہٕ آسہٕ ہتۍ۔ مسلمان بادشاہ رِنچنس
پیٹھہ چھِہ واقاتھ تفصیلہٕ سان درج ۔ ترک زمانہ چھُ بہارستان
شاہی لیس' منز مُفصل بیان گرِتھ۔ 'بہارستانِ شاہی' لیکھن
وول چھُ واریاہن کتھن منز بحث بٕہتھ اکھ تواریخ دان بٕ خوددو ختدری
باوان ۔ یہ مُصنف چھُنہٕ جونراجنہ سِندی پأٹھۍ ڈنگ باران
رِنچن کیاہ ہنہٕ تودرنہٕ بہہتو پانس یِتہٕ تہٕ بٔسی کچھیوں کتھ۔
'بہارستان شاہی' چھُ اکھ اہم تواریخی واقعس متعلق واریاہ کتھ
وَنان ۔ مگر آخرس پیٹھ وَنتھ رِنچن بنیوو مسلمان تہکیاہ دوٗرِ
جِھنجن یُس یہ وچھن نہٕ تہٕ سند مذہب کمہ یہ قبول چھِہ
بَیتھ وَسان ۔ رِنچن سُند پَتہٕ مرضیہٕ مسلمان بنن چھُنہٕ اکھ
حقیقتھ ۔

"بہارستان شاہکۍ" مُصنفن چھُنہٕ ہِندِن ہِندین
تکلیفن ہُند کہ ہمدردی باوٕنۍ ۔ پانہٕ شیعہ مسلک یَاروکار آستھ
تہٕ چھُ شیعہ سُنی جھگڑن منز طرفدار روزنچ کوشش کران۔

کولہٕ ژٕٹان، گٔڈٕل پھُٹران، نَرِ والان، نَرِ ژالان، دُشمن سٕند نیچو
قتل کران، اُچھ کڈان، ٹیٚڑی پانٛژ نوٚن چوان، نٔداری،
کران، خانقاہ بناوان، خانقاہ ژالان شیعہ تہٕ سُنی
فساد کران، شیعہ تہٕ سُنی صلاح کران، غرض گٕنہٕ بیٚیہٕ تہٕ قایم روزان۔
مگے ہندوستان ژلان تہٕ واپس یوان، موغل تہٕ کاشُر
اکھ اکھ ژٕلنہٕ جنگ کران، جنگس منز بٔڈین بٔڈین ویٖرن
جنرلن ہار ناوان، رہنما کاتہٕ تہٕ آسنہٕ گٕنہٕ موغلی دُشمن نٕشہ
ہابتہٕ کھیوان، وزیر بادشاہس موٚقل کران تہٕ جیل ژٕھوان، عوام
بیہٕ غرض روزان، کشیر حبہ بٔلے گرِتھ باکرٲوِتھ نوان، بادشاہس
کلہٕ پیٹھ دستار ٹلٕناوِتھ بیٚنس کلس پیٹھ تھوان چھہ عجیب
وغریب حالاتھ یمو منز کشیر ژیٖہ گُذریمژ۔ یم ساری حالاتھ
چھہ بہارستان شاہی یس منز درج۔

ہنز سیٹھہ بنی اگرچہ 'راج ترنگنی' پیٹھ سپٹھاہ ظاہر چھیہٕ مگر تہٕ گرتھ چھُ 'بہارستانِ شاہی' مزید روشنی اتھ پیٹھ تراوان۔

کاشرِ ڈار، ماگرے، لون، لاوسے، پنڈر، ریٖنہ، یِمن قبیلن یاشعین تہٕ سُنی ین ہِم پانہٕ وٲنی سیٲسی یا مذہبی جھگڑ آسہٕ منز چھِ یِمن منز چھہِ ہمادن ہندی ذاتی اغراض واضح طور پٲٹھ گنہ آسہٕ۔ یہ ذیلہ چھیہ 'بہارستانِ شاہی' پیٹھ زانہٕ یوان۔

سُلطان محمد شاہ ہندِس دورِ حکومتس اندر یُس فساد کاشرین تہٕ بیہقی ساداتن درمیان گژھا اوس سپدمُت، تتھ متعلق چھُ 'بہارستانِ شاہی' کچھ وَنان۔

ژٕک قبیلچ بہادری تہٕ یِمن منز قابل گژھتھ شمس ژٕک تہٕ کاجہ ژٕکن دلیری چھیہ بآسانی دچھی۔ یِم لوکھ چھِ بلاکر پیشہ سپاہ یِمن جنگکین مادانس منز وسیع ونہ زانہہ تہٕ تجربک خطر پاشرِ پائز برباد سپدنک خطر ویشا چھنہٕ آسمت۔

بیچھے پانچ چھُ بیہقی ساداتن منز میر محمد بیہقی سپدین لوکن ہنز جنگکین مادانس اندر دلیری چھُ 'بہارستانِ شاہی' بیان کران۔ کاشرین لوکن ہند مستقل مزاج تہٕ آسن تہٕ چھُ 'بہارستانِ شاہی' تمہ خاصکرتھ بجلہ پہِ پاوان۔

کاشرِ سپاہ گتھ پانچو اکثر شب خون ماران،

# حیدر ملک چاڈورہ

حیدر ملک بن حسن ملک اوس اَکس زبٲنس خاندانس منز پادٕ سپُد مُت۔ یہِ خاندان اوس سرینگرٕ نِکھہٕ ژوڈرٕ گامہٕ واقع اوسمُت کیا آسی یمن چاڈورہ ونان۔

راجہ جے سِنگھنس دورِ حکومتس اندر اوس ہماچل پردیشُک اَکھ راجپوت کشیرِ پناہ ہیٚنہِ آمُت۔ ناو اوسُس ملہ چند۔ اُمس نوواردس مُتعلق یمو پرانیو کتابو منز خبر نیران چھیہٕ تمو منز چھیہٕ جونراج ہنز "راج ترنگنی"۔ مل چندس متعلق چھُ اتہٕ بیان کرنہٕ آمُت زِ یہِ شخص اوس بزرگ یانہٕ کانگڑہ علاقک بُکین۔ دُشمنو اوس گدِ تہ ژھمُت۔ کشیر واتتھ اوس مل چند راجہ جے سنگھن فوجس منز بھرتی گوٚمُت۔ کشیر ہندِ طرفہٕ دشمنن برخلاف جنگ کرنہٕ کنہِ اوس ملہ چند کاشرین لوکن منز

سنسکرت کہو فارسی تواریخہِ چھِیہٕ اَمِس ماخذ۔ ژُک خاندانٕچ تواریخ تہٕ خاص کٔرِتھ اَمہِ خاندانکین بادشاہَن ہٕنزٕ کشمکش چھِیہٕ مفصل پأٹھۍ بیان کٔرِتھ۔

حیدر ملکَن لیوکھ تواریخ یَتھ منز چھِیہٕ مختلف قسمکین نُسخَن منز میلان۔ اَکھ نُسخہٕ چھُ لوکُٹ تہٕ اَکھ بوڈ۔ کینہہ نُسخہٕ چھہ ژُھس تہٕ یَتھ منز ایران بیترِ ملکَن اندر ہمعصر حکمران خاندانَن ہُنز ذکر چھِیہٕ۔ یہ ہیکو نہٕ وٕنِتھ زِ حیدر ملکن چھا پانے لوکُٹ کیو بڈ نُسخہٕ بناوِتھ، الہامہ تہٕ یہ شامل سپُد۔

بیانہٕ نظرِ چھُ اَکھ لوکُٹ نُسخہٕ گورمنٹ نِش کشیر سرکارکِس ریسرچ محکمس منز موجود چھُ۔

سیٹھاہ مشہور سپدمٕتٕ۔ اَدٕ موکھ اوس لارُک علاقہ اُمِس جاگیرِ دِنہٕ آمُت۔ کوٹہٕ راڈٕ گیہِ ل چدٕ بنٕس خاندانس منز۔

حیدر ملک چھُ لہ چدٕ بٕنس خاندانس منز پاد سپدنہٕ کِنۍ پتہٕ لُوڈٕ مانہٕ پوان۔ اَمی سٕندِ ن جدٕن منز چھِ ہٕٹی بُڈ تُوچی سردار تہٕ رٕئیس آمٕتۍ۔ پانہٕ تہٕ اوس رٕئیس۔ حیدر ملک چھُ وُتان زِ ملچند اوس رگیستانہٕ پتہٕ دکن تام فتح یاب سپدمٕتٕ۔

حیدر ملک اوس کٔشیرِ ہنٕدِس بادشاہ یوسف شاہ ژُکس نِش زبردست وٕزیٖرٕ تُوکر۔ موغل بادشاہ اکبرن پیٹھٕ یوسف شاہ ژُک بنگال، بہار طرفہٕ روانہٕ کور، حیدر ملک تہٕ اوس اَتھ سلسلس منز بنگال، بہار وومُت۔ تٔتہٕ اوس اکھ قلعگ فوجدار بنیومُت۔ اکبر بادشاہن اوس یوسف شاہ ژُک بافقین ہنز بغاوتھ دباونہٕ باپتھ روانہٕ کورمُت۔ شیر افگن سٕندِ مارٕ گژھنہٕ پتہٕ اَمی حیدر ملکن مہر النسا بیگم یُس پتہٕ نُور جہاں پۆو ناو ہنٕدس گھرس واپس کرنہٕ باپتھ تھوٗمٕژ۔ اَمِکِ اوس جہانگیر بادشاہن اَمِس چغتائی تہٕ رٕئیس الملک خطاب دِیتمُت۔

حیدر ملکنہِ "تاریخِ کٔشیر" چھےٚ کٔشیرِ پیٹھ توارٖخن منز مشہور کتاب۔ تارٖخی زمانہٕ کِ شورُوعہ پیٹھہٕ اکبر بادشاہس تام چھےٚ اَتھ منز خبر درج۔ "راج ترنگنی" بتہٕ وار پانہٕ

# خواجہ محمد اعظم دیدہ مری

دیدہ مرین چھُ لیٚکھمٕت "تاریخِ کشمیرس" "واقعاتِ کشمیر" ناو تھوٚو۔ مغل بادشاہ محمد شاہ غازی (۱۷۱۹-۱۷۴۸ء) سٕندِس دورِ حکومتس منز چھیٚیہ یہ تواریخ ۱۷۴۷ء عیسوی ہس منز ختم آمٕژ کرنہٕ۔

یٚتہٕ پیٹھٕ کلہن کشیرِ ہنز تواریخ شُروٗع چھُ کران تتی پیٹھٕ چھُ دیدہ مری تہٕ اکیک دس تُلان تہٕ محمد شاہ غازی سٕندِس دورس تام واتناوان۔ چونکہ دیدہ مری چھُ ہیندی کیو مسلمان بادشاہن پیٹھٕ قلم تُلان، لہٰذا چھیٚیہ پرانہٕ سنسکرت تہٕ فارسی تواریخہٕ اُمِس ماخذ روزمژ۔ سنسکرت تواریخ چھِنہٕ دیدہ مری ین بلاواسطہٕ وُچھمٕژ، بلکہ کیمہ تام پرانہٕ فارسی تواریخہٕ ذریعہ یِمہ سنسکرت تواریخ چھیٚیہ کلہن، جون راج، شری ور تہٕ شُک سٕنزہٕ۔ "راج ترنگنی" کیاز چھیٚنہٕ اَمی سٕندِس زمانس تام لیکھنہٕ

ییٚتہٕ پاٹھۍ ییٚتہٕ کالہٕ واقع موٗختصر پاٹھۍ لیکھنہٕ آمتۍ چھہٕ ، تِتھے پاٹھۍ
چھہٕ اَمی نہٕ واقع موٗختصر پاٹھۍ لیکھی متۍ ۔

'واقعاتِ کشمیر' اَتھ تواریخس چھیہٕ ترتیب ییٚتہٕ پاٹھۍ :۔

۱۔ گوڈنیک حصہٕ :۔ اَتھ منز چھُ کشیرِ ہندِ حدوٗدِ اربعہ ، آب و ہوا ، پیداوار بیترِ مُتعلق ذِکر ۔

۲۔ اَتھ منز چھُ گوڈنیتھ کشمیر لفظُک وجہِ تسمیہ ، پیٚتہٕ ہیٚندیٚو راجن ہنز ذِکر ۔ کشیرِ ہُند سرآسُن ، کشپ ریشی تہٕ پانڈو ، ہمہٕ ڈلیلہٕ چھیہٕ نیلمت پرانہٕ منزٕ نیٚتہٕ آمژٕ ۔ تۄ پیٚتہٕ کاہن سُنزِ راج ترنگنی منز راژٕ گونند سُندرِ پیٚٹھ شوٗروٗع کرِتھ راژنہٕ جے سِنگھس تام ذِکر ۔ جونراج ہمہٕ ڈلیلہٕ بیان چھُ کران تِمنے ڈلیلن مُتعلق پرانیو فارسی تواریخو منز مزید خبر کڈتھ چھُ دیدہٕری واقعن پیٚٹھ مزید روشنی تراوان ۔ اَمِس چھہٕ ہم پرانۍ فارسی تواریخ تہٕ ماخذ ییٚتہٕ پیٚتہٕ کالہٕ جونراج سُندِس زمانس منز مسلمانو لیچھمژٕ چھیہٕ ۔

۳۔ اَتھ چھیہٕ خودموختار مسلمان بادشاہن ہنز ذِکر ۔ یِمن منز شہمیری خاندانکو تہٕ ترک خاندانکی بادشاہ چھہٕ لیوان ، اَتی پیٚٹھ چھُ اسلام پھہلنُک بیان لیوان تہٕ رِنچن سُند اسلام قبوٗل کرُن ۔ اَتی چھیہٕ سادات ہنز ذِکر ، یم سلطان شہابُ الدینٕ سُندِ زمانہٕ پیٹھ کشیر اندر ژاے ۔

آمۍ ۹ اَتھ مُتعلق چھُ دیدٕہمرؠ وَنان زِ ہِندی بادشاہن ہندێن حالاتن منز
خلل سپدنہٕ کِنۍ چھِنہٕ تواریخ لیکھنۍ جاری روٗزمژ۔ زمانہٕ کِس رفتارس
سیتۍ چھُ تواریخ دانو کلہن بیترِ سنزو راج ترنگنیو منز کم زیادٕہ فارسی
زبانۍ منز اَمیک ترجمہٕ سوٗمبرٲوِتھ تہٕ پرانیو برانیو فارسی تواریخو
منز پننین پننین زمانن تمام حالاتھ موختصر پاٹھۍ جمع کرِتھ تہٕ پتھ پاٹھۍ
نوٚو "تواریخِ کشمیر" بناومژ۔

دیدٕہمرؠ چھُ یمن تواریخ دانن ہندی ناو ہوان :-
ملا حسین قاری، مولانا قادری، مولانا احمد کشمیری، قاضی ابراہیم،
حیدر ملک چاڈورہ، سید علی حسن بیگ، میرزا حیدر۔ اَمہِ علاوٕ
چھُ دیدٕہمرؠ، ریشی نامہ، درجات، سادات، اسرارالابرار، تحفۃ الفقرا،
ماثر عالمگیری بیترِ ماخذن ہندی ناو تہٕ ہوان۔

دیدٕہمرؠ چھُ وَنان زِ پرانیو تواریخ دانو چھِنہٕ اہلِ کمالن
مُتعلق احوال ٹھیکھ پاٹھۍ درج کرِمتۍ۔ اوٚموکھ لیکھہٕ پہٕ کیٚنہہ ورق
یمن منز موختصر پاٹھۍ ساری واقع پتھ زمانکۍ درج آسن۔
سیتۍ سپدِ یمن واقف ہندِ کانٛہہ اَندر صوفین، عالمن،
شاعرن بیترِ مُتعلق تہٕ زانکاری درج۔

بیٚنتیتھ چھُ یہِ زانُن ضروٗری زِ دیدٕہمرؠ ایس برونٛٹھ لیُس
طرزِ تحریر رائج چھُ اوسمت، تتھ چھُ اَمی تہٕ تقلید کوٚرمت۔

گرِتھ۔

"واقعاتِ کشیرٕ" اکھ ایڈیشن چھُ ۱۸۸۶ء لاہورٕ چھاپ سپُد مُت۔ اَمیُک اکھ اردوٗ ترجمہٕ چھُ پنٛژکالہٕ دہلی منز شایع سپُد مت۔ سرینگرس منز چھُ میسرز غلام محمد نور محمد کتب فروش تہٕ اکھ ایڈیشن کڈُمُت۔

(۴) قسم سوم :- اتھ چھیہ موغل بادشاہن ہنز تواریخ۔

(۵) خاتمہ :- کشیرِ منز کم کم عجوبہ چھِہ، تِم چھِ اکھ حصس منز دِتھ۔ گوڈنیک نوادِ چھُ زِ سمرقند، بخارہ پتہ چھیہ بیٹھو ملکس اندر شرع اسلامس پاردی۔ یہ گتھ چھیہ دُرست۔ دوٚیِم گوو امن وامان۔ اگر کانہہ مُسافر کشتوارِ پیٹھ ہری پور ہزارہ تام روپیہ ہیتھ گژھِ زوٚن سفر کرہے، تس اوسنہ کانہہ خطرہ بُتھِ پوان۔ مگر دیدہ مری سندس زمانس اندر اوسُن اکھ اُمنس خلل ہیو زمت پیوان۔ تریِم نوادِر گوو ارزانی غلہ۔ اَمہِ پتہ چھُ مشہور چشمن ہندی ناو تہ تہنز خصوصیتھ وننہ آمژ۔ یِمن چھِ اتھ چھُوفنا جایِ، شکار گاہن، کوٚلن، کوہن، سرن ہندی ناو، یِمن منز گلمرگ، ہوکرسر، گنگبل، امرناتھ بیتر چھِ یوان۔ آخرس پیٹھ چھِ پرگنن ہندی ناو تہ بستی یہ تہ وننہ آمژ زِ کتھ پرگنس منز کانٹیاہ گام چھِ۔

خواجہ محمد اعظم دیدہ مری ہنزِ "واقعاتِ کشیر" س چھُ برنٹہ گن اکھ ضمیمہ لیکھنہ آمت۔ ناو چھُس "وقایع نظامیہ" یمیک مُصنف مولوی محمد نظام الدین چھُ۔ یہ تواریخ چھینہ میلنہ نظرِ گامژ۔ وننہ چھُ یوان تہِ اکھ ضمیمس منز چھِ سکھ گورنر دیوان کرپارام ۱۸۳۱ء – ۱۸۲۷ء سندس زمانس تام حالاتھ بیان

# رفیع الدین احمد

"نوادرالاخبار" اَمہِ ناوُچ کُشیرِ ہنز تواریخ چھیہٕ رفیع الدین احمد بن عبدالصبور بن خواجہ محمد بلخی کشمیری ین شاہجہان آباد یانہٕ دِلہِ بناوِمژ۔

کشیر لفظُک وجہِ تسمیہ بیان کرنہٕ پتہٕ چھُ رفیع الدین وَنان زِ کُشیر چھُ عرب مُلکن منز باغِ سلیمان ناوِ مشہور آسمُت۔ یُوتام حضرت سلیمانِ حسین حیات آسی، تۆتام آسی کاشرِ لُکھ تِہنٛدِ مذہبکۍ پارُو کار۔ تمہِ پتہٕ سپُز آتش پرستی، آفتاب پرستی، بُت پرستی بیتر راِتچ۔ اَتھ چھیہٕ یاد تھٲونِ لایق کتھ زِ عوٲمی تہٕ سادہِ رِوایژن منز چھُ حضرت سُلیمان سُند ناو کشیرِ ہنٛدِس تواریخن منز ژاتھ آمُت۔

رفیع الدین نِس بروٚنٹھ کنہِ چھِہ وارِیاہ ماخذ آسۍمتۍ یِمن منز

اوس بہمن بنِ اسفندیار بنِ گشتاسپ ۔ تمۍ سوٗز حکیم جاماس راجہ سرینددس

رِنش زِ یہ راز دِیہِ پننِ کوٗر اُمس نیتھرۍ ۔ حکیم سپُد منزم یارٕ زن

کرنس منز کامیاب تہٕ شاہ بہمنس تہٕ سپُد مقصد پوٗرٕ سپدنہٕ کنہِ

دِل شاد ۔

کلہن پنڈتنٕ 'راج ترنگنی' منز چھُ اکھ راز راوٕن لیوان ۔ اُمس مُتلق

چھُ نوادالاخبارس منز وَننہٕ آمُت زِ ہندوستانکہ اکثر مُلک اُزٕ اُسی

پننس قبضس اَندر ۔ باسان چھُ زِ رفیع الدینس چھُ راماینک راوٕن

زٕہنس بیوٗمُت ۔ لوٗزی تو بیاکھ دٔلیل ۔ کلہن پنڈتنٕ 'راج ترنگنی'

منز چھُ اکھ ناو ہِوان دِتھ تھُن ۔ اَز ہندیٚن یِتھ ہٕن اَدٕ ناو

کنٹر ۔ پُرانَن منز چھُ کنٹرٕ ناوُک لوٗکھ دِوتاہَن ہندی گیوٚن واگ

مانہٕ لیوان ۔ رفیع الدین چھُ وَنان زِ وِہبیشن اوس علمِ مؤسیقی

منز کمال تھاوان ۔ لوٗزی تو کتہٕ کوٗر واتٕ تھ ۔

سرٕ سوٗیہ اُتھنیرٕن

اوس راز اوٚتی ورمَن پنڈتٕ تماتَس ویتھہِ سَنہ دیتمُت ۔

یہ کتھ چھیہٕ 'نوادرالاخبارس' اندر راز بلوکس سیتۍ منسوٗب کرِتھ ۔

'گوہر عالم' اَمہٕ ناوچہٕ 'تاریخ کشیرس' منز چھُ محمد اسلم

پننس تمہیدس اندر وَنان زِ پننہٕ کالہِ آسی موٗرخ کاشرِ لش گرتھان

نہ کتابن منز درج پرانین حالاتن مُتلق سٕرکھ کران ۔ ماذٕ تو وَنن واگ

'راج ترنگنی' ہینز چھپیہ۔ کلہن پنڈت سنز 'راج ترنگنی' باپتھ شہنامہ
اکھ تواریخس مُتعلق چھ رفیع الدین وَنان زِ یہ کتاب چھیہ دلیل باطل۔
اَکھ راے چھ یِہ تِہ وچھہ۔ اکھ چھ عبدالقادر بدایونی ین 'راج ترنگنی'
برخلاف راے دِژمژ سو چھیہ اَمِس کُنی گامژ۔ دوئیم چھیہ
وسطی دورکین تواریخ دانن قدیم تواریخ لاعلمیتھ۔

اَمہ علاوہ چھیہ رفیع الدینس بروٗنہہ کنہٕ مولانا قادری سنز 'تواریخ'
موغل تواریخ' 'بہارستان شاہی' شری ور تہٕ شُکیتھ 'راج ترنگنی' اَسمژ شیٛنہ
پیٚیہ نوسخہٕ بروٗنہہ کنہٕ تھاوِتھ چھیہ 'تاریخ کشمیر' لیکھنہٕ آمژ۔ یمو سارو
نوسخو منز ہیوٗ تھا بیوٗ تھا کنہٕ ڈکھ تہٕ جوڑ دِتھ چھیہ یہ تواریخ کشمیر
بخط 'نوادرالاخبار' ناو چھ لیکھنہٕ آمژ مُصنف سندِ وَننہٕ
مُطابق چھ اَتھ عجیب وغریب نوقطہٕ تہٕ رژٕ ریوایژ درج۔

'نوادرالاخبارس' منز چھ مُبالغہٕ وادیاہ۔ رتی غلط بیانی
تہٕ۔ راژ بالادت چھ نوساس نو ہنتھ تہٕ تمہ نمتھ گری غارانکھ کران۔
یا اَمِس بادشاہس اُسی تریہ لچھ گرِ سوار کلہن چھنہٕ یمن مُتعلق
کیہنہ تہٕ وَنان۔ رفیع الدین چھ وَنان زِ اَمی کوٚر شمالی چینن فتح۔
سُلطان زین العابدین سُند فوجی طاقتھ بیان کرنس مُتعلق
چھ مُبالغہٕ۔ بادشاہ عراق بہمن چھ راژ سربند سُند اُستاد وَننہٕ
آمُت۔ دیپان چھ عراق تہٕ خراسان یمن دون مُلکن ہُند بادشاہ

مُلق حالاکھ چھِ بلکل مو خصر درج کرنہ آمتی۔ یمن بادشاہن ہُند ہمعصر تواریخ [redacted] چھُ شری ور۔ اُمی سنزِ زین رُاج ترنگنی، منز چھِ رفیع الدینن کینہہ واقہ درج کرِمتی یم زن خاصکر نہر بناونس یا نامبر بناونس ستی تالُق چھ تھوان۔

شُک سنزِ رُاج ترنگنی، منز چھِ عیسوی ۱۵۱۳ پیٹھ واقہ درج۔ اتہ پیٹھ چھِ د نوادر الاخبارس، اندر یم واقہ ہنا تفصیلہ سان وَرِتھناونہ آمتی۔ شُک سنزِ رُاج ترنگنی، علاوہ چھِ بیٚیہ تہ کینہہ ماخذ رفیع الدینس برونٹھ کنہ آسمتی۔ واقع نگاری چھیہ شُکس ستی پکان، مگر کُنہ کُنہ جایہ چھُ پھیر تہ پیوان۔ محمد شاہ تہ فتح شاہ چھِ اکھ اکس وار باہہ لٹہ تخت پیٹھ والان رُودی متی۔

موغل بادشاہ بابر سنز کشیر فتح کرنہ باپتھ دِلچسپی تہ کاشرین لیڈرن ہُند کشیر پانہ وانی باگراوتھ نِنہ بینز واقع چھِ اکھ تواریخس اندر درج۔

غازی ژک، حسین ژک، علی ژک، یوسف ژک، یعقوب ژک یمن بادشاہن پانہ وانی تہ دُشمنن ستی کشمکش بیٚیہ شیعہ سُنی جھگڑہ بینز حالاتھ چھُ رفیع الدین درج کران۔ ژک دورِ چوکو متس اندر مُبارک خان بیہقی تہ بیبق بیٚنہ ہُند دوہہ وادن بادشاہ زُپنچ تہ چھیہ ذکر کرنہ آمژ۔ یوسف ژک تہ یعقوب ژک

لے بتولہٕ۔ گوٚیوٚ یہِ پزٕژھن وول سیوٚدُے گژھہٕ تہٕ گرٚیوٚن
پننہٕ کتابہِ منز یہِ بتولہٕ درج۔

غلط بیٲنی چھیہِ 'نوادرالاخبارس' منز واریاہ۔ مثلن رفیع الدینن
چھُ کیٚہِ تام بوٗزمُت یا پوٚرمُت زِ کُس نام علی شاہ چھُ مدینہٕ
فوت سپدمُت تہٕ کرٚن یہِ کتھ علی شاہ بن سلطان سکندرس
ستہٕ منسوب۔ پتہٕ چھُ وَنان زِ علی شاہ اوس پننہٕ پاسے قاد
کورمُت۔ دراصل اوس علی شاہ جسرتھ کھوکھرن جنگس منز قاد
کرِتھ قتل کورمُت۔

جونراج بنہٕ 'راج ترنگنی' منز چھِ اڈنے ہندی راژن ہندی ناو
ہنہٕ آمتی۔ راژہ جے سنگھس پتہٕ چھُ راژہ دلیو لیوان، گویا راژہ پرمانک
وٚنہٕ دلیو، دوٚیہ دلیو، جسہٕ تہٕ جگ دلیو چھنہٕ ذکر چھینہٕ کرِتہٕ آمتس
زیٚچن سندس اِسلام قبوٗل کرنس متعلق چھُ 'نوادرالاخبار'
یا 'بہارستانِ شاہی ماخذ نیٚتہٕ سہ نامولوم نوسخہ یُس بہارستان
شاہی لیس' تہٕ ماخذ چھُ۔ کشیرِ منز چھُ بابا بُلبُل قلندرؒ اسلامک
بانی کار مانہٕ آمُت تہٕ دوٚیُم بانی کار چھِ میر سید علی ہمدانیؒ مانہٕ
آمتی تہٕ دینِ اسلامک پرچار کرن وول گوڈنیُک بادشاہ زیٚچن۔
سلطان زین العابدین سندِ دورکی آخری دۄری
ہندی حالاتھ سلطان حیدر شاہ تہٕ سلطان حسن شاہس

# پیر غلام حسن کھویہامی

پیر غلام حسن زاد کھویہامہ بنڈپور نش واقع گامرو ناوِکس اَکِس گامَس منز ۱۸۳۲ عیسوی منز۔ تٔمِس اوس ناو غلام رسول شیواہ۔ یہ گو اوس پنٕنہِ زمانٕچ فارسی تہٕ عربی عولوم زانان۔

پیر غلام حسنن چھہِ ژور جلد کشیرِ ہندِس توارِخس پیٹھ لیکھی منٕز۔ جلد اکھ جغرافیہ کشیر، جلد زٕ سیاسی توارِخ۔ جلد ترٕیہ تذکرہ اولیا۔ جلد ژور، شعرای فارسی۔

یمہ ژور جلد بناونہٕ باپتھ چھہِ پیر غلام حسنن قدیم تہٕ جدید تریہ کتابہٕ پرمٕژٕ۔ 'راج ترنگنی' چھیہٕ اَمی فارسی ترجمہٕ ذٔریعہ پرمٕژٕ۔ فارسی تواریخو منز چھہِ اَمی 'وقایع کشیر' از ملا احمد، 'بہارستانِ شاہی'، 'تاریخِ کشمیر' از حیدر ملک چاڈورہ، 'واقعات کشیر' از خواجہ محمد اعظم

ہِندی موغل بادشاہ اکبرس سِتۍ تعلقاتہٕ چھہٕ 'نوادرالاخبارس'
اندر وَنہٕ آمتۍ۔ آخرس پیٹھ چھُ اکبر کٔشیرِ پیٹھ فتح لبان تہٕ اتہٕ
پیٹھ چھُ کٔشیرِ منز اُدۍ سُند دورِ حکومتہٕ شروٗع گژھان۔

پھراز وننہٕ یوان یانہٕ مرازس تہٕ کمرازس درمیان علاقہٕ۔ اَتھ گوڈنکس جلدس منز چھیہٕ ییمہٕ کتھہِ ہنز تہٕ ذکر زِ سرینگر علاقہٕ کتہٕ پیٹھہٕ کوتام اوس۔ نوشہر پیٹھہٕ امیراکدل تام، چھتہ بلہٕ پیٹھہٕ ناگبدیار تام تہٕ وۄیتھہِ علاوٕ گانزاہ جوہہِ آسہٕ سری نگرہٕ پکان اَمِچ تہٕ چھیہٕ ذکر میلان۔

بڈٕین بڈٕین قصبس ہندی ناو ہینہٕ پتہٕ چھ پیر غلام حسن پرگنن ہندی ناو ہوان۔

موغلن ہندِس زمانس منز گانزاہ آمدنی اُس سرکارس۔ کشیرِ منز کائیاہ باغ، کدٕل، مسجد، خانقاہ چھ۔ یم کمہٕ کتھہٕ زمانس اندر بناوی اَمِچ تہٕ چھیہٕ ذکر کرنہٕ آمُت۔

سنسکرت، فارسی تہٕ انگریزی زبانَن اندر کمہٕ کمہٕ توارِخہٕ چھیہٕ کشیرِ پیٹھہٕ لیکھنہٕ آمتہٕ۔ یمن کتابَن ہندی ناو تہٕ چھ پیر غلام حسن پننہِ کتابہٕ منز ہیتی دِتی۔

کشیرِ ہندی قلعہ، پرانی مندر تہٕ نوین مندرن ہنز ذکر تہٕ چھ میلان۔

پیر غلام حسن چھ ہمعصر زمانچ اقتصادی حالتھ تہٕ بیان کران۔ درآمد تہٕ برآمد تجارتس منز کمن کمن چیزن ہُند تبادلہٕ اوس سپدان، اَتھ پیٹھ تہٕ چھیہٕ روشنی تراونہٕ آمٕژ۔

کشیرِ ہنز ذاژن ہندی ناو مثلن سید، موغل، شیخ ہنز، یمن سارنی متعلق چھیہٕ اَتھ جلدس منز زانکاری میلان۔

دپہٕ مٕرٕ بیترِ استعمال گرٕمٕژ۔ جیدپہٕ کتابو منز چھِ پیر غلام حسن
کیہنہٕ فارسی ، انگریزی تہٕ اُردوٗ کتابہٕ یِمہٕ مہاراجہ رنبیر سنگھنہٕ وقتہٕ
نیبر پیٹھٕ کٲشیرِ وٲژ یا کٲشیرِ منز لیکھنہٕ آیہٕ یٕرٕمٕژ۔ پیر غلام حسنہٕ ہندِس
تواریخس منز چھُ مہاراجہ رنبیر سنگھنس آخرس تام واریاہَن
مضموٗنَن پیٹھٕ کیہنہٕ نہٕ کیہنہٕ دِتہٕ آمُت۔ فارسی عبارتھ چھیٚ اتھ تواریخس
منز ساد۔

**جلد اکھ** :- اَتھ چھیٚ گوڈنیتھ زمینہٕ ہنز جغرافیہ یوسہٕ تمن انگریزی
تہٕ اُردوٗ کتابن منز درج چھیٚ یِمہٕ کتابہٕ کُنوٗہمہٕ صدی عیسوی منز
کٲشیرِ آیہٕ وٲژمٕژ آسہٕ۔

یمَن کتابن منز چھیٚ یمَن مضموٗنن پیٹھٕ روشنی ترٛاوٕنہٕ آمٕژ۔
حدودِ اربعہ ، سطح سمندرٕ پیٹھٕ بُلندی ، طول وعرض ، وجہ تسمیہ ، آب وہوا ،
موسم ، فصل ، کوہسار ، کوٗہی دَرٕ ، کریو ، گوبیرٕ کنٛن ہندک قسم ، کاہٕ ،
چشمہٕ ، کولہٕ ، نالاب ، نمبلہٕ ، پٲداوار ، میوٕ ، غلہٕ ، وَتہٕ ، کٲشیرِ منزٕ مَن
آس پاس علاقن ہندی ناو بیترِ مضموٗنن پیٹھٕ چھیٚ یمَن کتابن منز
زانکٲری میلان۔

یتی چھُ پیر غلام حسن پرٛونان زِ بیٚچھ کالہٕ کاٹیاہ پرگنہٕ
آسی کٲشیرِ۔ یرٕمہٕ کالہٕ آس کٲشیر ترین پرگنن منز باگراونہٕ آمٕژ۔
آمٕژ۔ تِم گیہ کمراز ، مراز تہٕ سری نگر۔ سرینگرس اوس بیٚچھ کالہٕ

چھُ۔

رتناکرناوکِس اَکِس شاعرٕ سُند ناو چھُ کلہن اونتہِ ورما ۸۵۵-۸۸۳ءسَندِس دورِ حکومتس منٛز ہیوان۔ کلہن سُند زمانہٕ گوو بٲہمہِ صدی ہند درمیان۔ گویا رتناکر چھُ کلہنس برونٛہہ ترٕیہ ہَتھ وَری اوسمُت۔ مگر کلہن چھُنہٕ اَمہِ سنٛز کتابہِ 'رتناکر پُرانک' ناوٕ ہیوان۔ اگر پٔہ پٔزی کانہہ کتاب آسہٕ چھیٚیہ نیٛلہِ چھیٚیہ یہِ کتاب کلہنن بطور ماخذ نظرانداز کرٕمٕژ۔ پیر غلام حسن یمہٕ ڈٲلہٕ "وقائع کشمیر" منٛز کڈان چھُ، تِمو منٛز چھیٚیہ وارِیاہ 'نیٛلہمت پُرانس' اندر۔ لیہاذا چھُ رتناکرس تہِ 'نیلہمت پُران' اکھ ماخذ اوسمُت۔ اَمہِ کنہِ بٔنیوو رتناکر پُران دوٛیمہِ درجُک ماخذ۔ پانٛژن زٕہن[25] رازن منٛز چھُ

[25] رام دیٛو سُند دورِ حکومت ۶۹ وٕری، سندیمان سُند ۶۰ وٕری تہٕ کھیمندر سُند ۹۱ وٕری

ہادٕنہٕ آمُت، یُس زَن عقلہِ نہٕ دِژوُن چھُ۔ واقع نگاری چھیٚیہ غلط۔ رازن ہندی ناو تہٕ چھِ بناوٹی یاسان۔ مثلن اَکِس رازس چھُ لارک چندر ناو تھوونہٕ آمُت، وَنہٕ چھُ یوان زِ اَمی کوٚر اکھ شہر آباد یُتھ زَن لارک نگر ناد تھوونہٕ آو۔ یہِ نگر اوس علاقہٕ لارس منٛز۔ گویا قصبہ لار یا علاقہٕ لار چھُ لارک چند پنٕنِس ناوس پیٚٹھ مشہور سپُدمُت۔ لار لفظس چھُ کاشُری پاٹھی مٕنے ستہ

۔کاشرِ ہندِس کھبنِس چنِس تہٕ پلوپوشاکھن علاوٕ چھُ اَتھ منز تمن شہلان، بنٛزلین تہٕ ودٕہن مُتلق تہٕ وَنہٕ آمُت یم کشیر منز آمتی چھِ۔

جلد چوٚم۔ کشیر ہندِس تواریخی زمانہٕکس اوٚلیس پیٹھ سیاسی تواریخ لیکھنہٕ خاطرٕ چھِیہ پیر غلام حسنٕنس کلہن سنز راج ترنگنی ماخذ ہنٛزٕہنز۔ کلہن چھُ ونان زِ دُونٛزاہن رازن مُتلق چھِنہٕ کہِین لیکھنہٕ آمُت۔ سُداہن ہندی ناو چھُ کلہن اوٚرپور جمع کران۔ باقےٚ رِوٚدی پانٛژترہ ہمن مُتلق چھِنہٕ کلہن تواریخی واقہٕ درج کران، تکیازِ تمِس چھِنہٕ پرٲنی دستاویز موٚلیسر آسمٕتی۔

پیر غلام حسن چھُ ہمن پانٛژترٕہن رازن ہندی ناو بنٛزٕ۔ مُلا احمد سنز "وقائع کشیر" پیٹھ کڈتھ درج کران۔ مُلا احمد سنٛدِس دیباچس کُن اِشارٕ کران چھُ پیر غلام حسن ونان زِ یہٕ تواریخ ووٚن اوس سلطان زین العابدینن کشیر ہندین رازن مہاراجن ہنز تواریخ لیکھنہٕ خاطرٕ مُقرر کوٚرمُت۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُ مُلا احمد پرٲنی ماخذ تلاشِن کران۔ اَمِس چھیٖہ پنڈت رتناکر سنز بُرزس پیٹھ لبھِنہٕ اکھ پرٲنی تواریخ اَتھ یوان۔ یتھ زِن 'رتناکر پُران' ناو چھُ۔ اَتھ منز چھیٖہ تمن بادشاہن ہنز ذکر ہمن مُتلق تہٕ رتناکر پُرانہٕ درٕلےٚ بیٚیہٕ کانہہ تہٕ دستاویز میلان

تاجرو شایع کورٕمت۔

پیر غلام حسنن چھےٚ امہِ جلدِ بایتھ یمہٕ کتابہٕ بطورِ ماخذ آسمٕژ۔ وقایع کشمیر، اسرارالابرار، واقعات کشمیر، فتوحات کبرویہ، دستورالسالکین، بیترِ۔

یہِ جلد چھُ پانژن حصن منز باگراوتھ۔ گوڈنیک حصہٕ چھُ سادات پیٹھ، دوٚیم ریشین ہیٚنٛدِ پیٹھ، ترییم شیخن پیٹھ۔ ژوٗرم حصہٕ عالمن پیٹھ تہٕ پوٗنٛژِم مستانہٕ فقیرن پیٹھ۔ امہِ جلدکس آخرس پیٹھ چھےٚ متبرک یادگارن ہنٛز ذکر کرنہٕ آمٕژ۔

جلد ژورم :۔ اتھ چھےٚ کشیرِ ہنٛدین فارسی شاعرن ہنٛز ذکر یمہٕ شاعر چھِ اوٚڈی کاشرٕ تہٕ اوٚڈی باہرٕم۔ شاعرن ہنٛزن ژمن کتھن پیٹھ چھےٚ اتھ روشنی پیوان مثلن کُس شاعر کمہِ ملکہٕ پیٹھ کتھ زمانس منز آو، کمُس کمی سٕنز سرپرستی تمس حاصل ییٚنہٕ کتھ چھےٚ اکہٕ جلدس منز درج۔

پیر غلام حسن چھُ ونان زِ سلطان زین العابدین ہنٛدِس زمانس اندر آے کشیرِ دریاہ سخن ور۔ امس بادشاہ سنٛدِ فوت سپدنہٕ پتہٕ تہٕ روٗدی یتہِ پیٹھ سخن ور کشیرِ یوان۔ امہِ پتہٕ چھُ حسین شاہ ژٕک تخنس بیہان۔ یُس زن شاعرن بٔڈ قدر کران اوس۔ موغل دورس منز سپٕز شاعرن سیٹھاہ حوصلہ افزٲیی۔

کوہِی نارِ ئس واپاہ زِیُوٗٹھ آسِ۔ گاندربلہٕ پٔتھ شوٗروٗع سپدِتھ
چھُ یہِ نار زوجہِ بالس پٔتھ، اَند واتان۔ اَتھ نارس چھُ اَمہِ کِنہِ
لارناو۔

بیاکھ مثال۔ اَکِس راتھ، چھُ سنگرام چندناو تھونہٕ آمُت۔
وَنہٕ چھُ نیوان نہِ اَمہِ بسوو سنگرام پوٗر۔ دراصل چھُ یہِ ناو
سنگھ آرام پوٗرٕ یانہٕ سُہ پور بیٛتہِ بودھن ہُنہٕ "سنگھ" تہٕ
"آرام" یانہٕ آرام واٲر اَتھا۔ صوتی تبدیلی کِنہِ چھُ کاشُر زبٲنی منز سنگھ آرام
لفظس سنگرام بنیومُت۔ اَتہِ ہیکَو یہِ وَنتھ زِ اگر زِنتا کریہِ پرانس
کانہہ فوقیت آسیہے ـــــــــــــــــــــــــــ کلہن گیوٚو ہٕ اَتھ
ترادن وول۔

سِٹین صاٲبن لیٛوٚکھ انگریزی ترجمہٕ کلہن سندِ "راج ترنگنی"
گوٚرمٕنٹ چھُ ہٕ اوسہٕ پیر غلام حسن سندِس زمانس اندر
تیار۔

ہندوٗ زمانکیٛو پیم راجہ جے سنگھس پتہٕ حکمران خاندان
کشیرِ منز بارسس آیہِ تِم چھِ شہمیری خاندان تہٕ تُرک خاندان
تہٕ یِمَن پتہٕ موغل، افغان، سِکھ تہٕ ڈوگرہ یِمَن حُکمرانن ہنزِ
سیاسی حالژ ہنز تہِ چھُ پیر غلام حسن ذکرِ کران۔
جلد توٚیم :۔ اَمہِ جلدُک اُردوٗ ترجمہٕ چھُ غلام محمد نور محمد

# نٔوۍ توٲریخ دان

نٔوین توٲریخ دانن منز چھ یوٗرپین، کٲشرۍ تہٕ ہندوستانکین بٔیین جایَن ہندۍ کینہہ شخص تہٕ شٲمِل۔

رایَل ایشیاٹک سوسایٹی بیترِ واریاہ ادبی جماژن ہندین جریدن منز چھِ کینہہ آرٹیکل، یِمو منز کینہہ پرٛنۍ لایق چھِ۔ ادٕ

'کیمبرج ہسٹری آف اِنڈیا' اکھ کتابہٕ منز سرینگ شِنہ کٔشیرِ بابتھ لیکھنہٕ آمُت حِصہٕ چھُ پرٛن لایق۔ اُمی شُند توٲریخ لیکھنس مُتعلق ایماندار آسنس بابتھ کرُنہٕ کانہہ تہٕ شک۔ کٔشیرِ ہِنز توٲریخ لیکھنس مُتعلق چھِ اُمی موثٔل ماخذ اِستعمال کرِ مٕژ۔ مگر تِمَن ماخذن چھیٖ واریاہ غلطیہٕ آمژٕ۔ دراصل چھیٖ یِمہٕ غلطیہٕ تِمَن

اُمیُک نتیجہٕ دراو یہِ زِ ییٚمہِ پیٹھٕ آیہِ واریاہ شاعر اَکہٕ دوس منٛز کشیر۔ ژوٗری میٚیے جلسس منٛز چھُ پیر غلام حسن ژرک بادشاہن ہندِ دورٕ پیٹھٕ کیٚنٛہن مشہور شاعرن ہُند کلام بطورِ نموٗنہٕ پیش کران۔

امرتسر شہرس منز۔

ڈاکٹر صوفی چھُ علی الدینُن دوٚیُم فرزنہ۔ ڈاکٹر محی الدین پنٛدس
ناوس سۭتۍ چھُ لفظ صوفی یمہ وجہ کنہِ منسوب تکیازِ یمن چھُ مسلمان
صوفیَن ہنٛدِ زندگیہ ہندی حالاتھ زانٛنگ تہٕ تہنٛز تالیمہِ نِشہ
فاضیاب سپدِتھ روٗحانی زندگی گذارنٕک تہٕ توفیق حاصل پیٚدمٕت۔

مٲلۍ سپنٛدِ گذرنہٕ پتہٕ چھِ ڈاکٹر صوفی پننہِ لیاقتہِ تہٕ مینتژ
کنہِ تالیم حاصل کرِتھ سماجس اندر اکھ بایزتھ مقام پراونس منز
کامیاب سپدان۔ گوڈٕ گوڈٕ چھیٚ ڈاکٹر صوفییٚن انگریزی اخبارن
ہنٛز ملازمتھ اختیار کرمٕژ۔ تمہِ پتہٕ چھُ یمو سرکاری مدرسن اندر بطورِ
ٹیچر نوکری اختیار کرِتھ بی اے، ایم اے امتحان الہ آباد یونیورسٹی منز
پاس کرِتھ فرانسہٕ سارلون یونیورسٹی منز ڈاکٹر آف لٹریچر ڈگری
حاصل کرمٕژ۔

ڈاکٹر صوفییس چھنہٕ فقط تالیم حاصل کرنٕک شوقے یوت
اوسمُت، بلکہ غارِ ملکن ہنٛز سیر و سیاحت کرنٕک تہِ۔ امہِ کنہِ
چھِ ڈاکٹر صوفی ممالک اسلامیہ علاوہ یورپ، امریکہ بیٚیَن ملکن
تہِ واتیمٕتۍ۔ اتہٕ چھیٚ اکھ کتھ یاد تھاونٕ لایق زِ سیر و سیاحت کِس
زمانس اندر چھُ یمو علمی شوق برابر قایم تھوومُت۔ یتھ ملکس
واتان آسہ تتہٕ آسی علمی ادارن منز گژھان تہٕ تتِکین عالمن

ماخذن منز آسہٕ ییم ماخذ موغل دورکیو عالمو توارِیخہٕ لیکھنہٕ ویز
نظرن تھاوی متہٕ چھہٕ۔ اکھ کتھ چھےٚ سرسری پنندِ بیانہٕ ستی تہٕ
تصدیق سپدان۔

دورِ جدیدس منز چھےٚ کیہہ توارِیخہٕ لیکھنہٕ آمژٕ۔ ییتیتھ کرد
کینژن ہنز ذکر۔

یمن کتابن لیکھن والین منز چھہٕ ترےٚ عالم یمو اصلی ماخذ
وُچھمتۍ چھہٕ۔ یمن منز چھہٕ ڈاکٹر محی الدین صوفی، پروفیسر محب الحسن
تہٕ ڈاکٹر آر، کے، پارِمو۔

ڈاکٹر صوفی چھےٚ کٲشِر پیٹھ مشہور کتاب "کٲشِر" لیچھمژٕ۔
یہندِس خاندانس تہٕ ذاتی زندگیہِ مُتعلق چھےٚ یہ کتھ معلوم سپزمژٕ۔
یہندی بُزرگ چھہٕ کھکھ خاندانہٕ۔
کٲشیر
تمِو چھُ یہ خاندان ورملہِ یون کُن یہن آباد۔ کھکھ تہٕ بمبان چھہٕ
کھکھن ہندی نہٕ قبیلہٕ مانہٕ یوان۔

راجگانِ بمبالن چھےٚ پتھ کالہِ دورِ علاقس منز اکھ ریاست
آسمژٕ۔ بیٚیہِ چھکھ کٲشِر اندر بانگل علاقس منز جاگیرہٕ اوسمٕت۔
بمبال خاندانہٕ منز چھہٕ ڈاکٹر صوفی راز مظفر خان ہندو
اولاد منز۔ یہندِ مول علی الدین اوس نجارتہٕ کس سلسلس
دوران امرتسر، بٹالہ بیتر علاقن ودتمٕت۔ ییم زایہ ۳۰، جون ۱۸۸۶ء

کٔشیرِ ہندِس گوڈنکِس بابس اندر چھےٚ کٔشیرِ مُتعلق پرانہٕ روایتی
کتھہٕ تھٕنک کٔشیرِ ہُند سرآسُن ، آبادی ، کٔشیر لفظُک مانہٕ مفہوم ، آریہٕ
یوٗہُودی بیترِ بیٚیرہٕ ہِن قبیلن ہُند کٔشیرِ اندر داخل سپدُن تہٕ آباد
سپدُن درج ۔ بیٚیہ چھےٚ کاشرِن ہندِس چال چلن بیترِ وارِیاہن
مضمونَن پیٹھ روشنی آمٕژ ترآونہٕ ۔ دوٚیمِس بابس اندر چھےٚ کٔشیرِ منز
اِسلامی حکومتہٕ قایم سپدنہٕ برونٹھ راجہٕ گونند اوٚلس پیٹھہٕ
کوٹہٕ رانہِ نام ذِکر ۔ اَمہِ کتابہِ ہٕندی بُنیادی ماخذ چھہٕ کلہن سٕنز
'راج ترنگنی' تہٕ جونراج سٕنز 'راج ترنگنی'۔

کلہن سٕنزِ 'راج ترنگنی' منز چھِ کٔشیرِ ہندِ تواریخُک لُکھ دور
درج چھُ ، تمہِ منز چھہٕ کیٚنہہ واقع وِنہٕ آمٕتی ۔ ڈاکٹر صوفی چھےٚ
کیٚنہہ نوِ کتھہٕ تہٕ وَنہِ ژھٕنہ ۔ یِہنٛد ذکر چھےٚ کٔنہ کتابہِ منز چھُنہٕ ۔ ڈاکٹر
صوفی چھُنہٕ فقط سیاسی حالتن پیٹھے یوت ، بلکہ پیٚتھ کالہٕ ،
وۄنہِ تام کاشرِ سنسکرت زبانی ہندِ عالمن مُتعلق تہٕ جیٛت
وارِیاہ کتھہٕ وَنان ۔۔۔ یِمَن منز چھہٕ آچاریہ اَبھنو گپت
کھیمندر تہٕ بلہن ۔ اَمہِ رٔنگی چھُنہٕ ڈاکٹر صوفی سٕنز "کٔشیر" فقط
سیاسی تواریخ یا ژُ ، بلکہ چھےٚ یہ کلچرل تواریخ تہٕ ۔

سٕتؠ تائق پأد گران، عٕلمی اِدارن ہِنٛز اُس یِمن سٟتؠ وابستگی سٟتؠ علم حأصِل کٔرِتھ تہٕ اَسؠ تِم اکثر وَنان زِ ووٚچھِم نہٕ کہٕنی تہٕ زونُم نہٕ کہٕنی۔ شأعرِ مشرق سر محمد اقبالؒ ہیو عظیم شأعِر تہٕ فلسفی تہٕ اَسؠ ہِندٕ پن دوستن منز شُمار سپدان۔

ہِندوستانس اندر واریاہن جاین نوکری کرنہٕ پتہٕ چھیہٕ یِم دِلی یونیورسٹی منز رجسٹرار سٕندِس عہدس پیٹھ تہٕ کام کٔرمٕژ۔

یِمو چھیہٕ واریاہ کتابہٕ لیچھمٕژ یِمن منز کٔشیرِ ہِنز تواریخ "کٔشیر" سٟتؠ مشہور چھیہٕ۔

فرانسچہِ ساربون یونیورسٹی چھیہٕ یِمن "ISLAMIC CULTURE IN KASHMIR" کتاب لیکھنس پیٹھ ڈی لِٹ ڈگری دِژمٕژ اَتھ کتابہٕ ترمیم کٔرِتھ تہٕ نِس روٗپس منز اَنِتھ گیہٕ یِہنز نو کتاب "کٔشیر"۔ اَتھ کتابہٕ ترمیم کٔرِتھ چھیہٕ یِمو ۱۹۴۲ء پیٹھ ۱۹۴۸ء تام "کٔشیر" لیچھمٕژ۔

ڈاکٹر صوفی اوس "کٔشیر" کتابہٕ ہُند اکھ ایڈِشن عالمن ہُند تبصرٕ زانہٕ باپتھ گوڈٕ پرایویٹ طور اجرا کورمُت۔ یہٕ ایڈِشن اوس موٗلی کاغذس پیٹھ چھپومُت۔ پتہٕ پیٚو اَمہٕ کتابہٕ ہُند اصلی ایڈِشن دراوُن چھُ پنجاب یونیورسٹی لاہور طرفہٕ شایع سپدمُت۔

تبلیغ۔

یمَن مُسلمانن ہُند کشیرِ اندر اسلام پھہلاونُک جذبہ چھُ
بے شک تارٖیفن لایق۔

"کشیر" کتابہِ ہُند ژوٗرِم باب چھُ شہمیری خاندانس مُتلق، پوٗنژِم باب ژَک خاندانَس، شیٚیِم باب موغل خاندانَس، سَتِم باب افغانَن کٕہیم باب سِکھن تہٕ آخری ڈوٗگرہ خاندانَس مُتلق۔

راجہ جے سنگھس بیٹھِ شہمیری خاندانٕچ بُنیاد ییٚنس نام چھُ ڈاکٹر صوٗفی سرسَری طور لیکھان۔ اَتھ وقتس تام یِم سیاسی تہٕ سماجی انقلاب کشیرِ منٛز آیہِ تِمَن مُتلق چھیٚ اَتھ کتابہِ منٛز پوٗرٕ وِضاحت کرنہٕ آمٕژ۔ کاشرۍ لُکھ اَسی پانہٕ وٲنۍ رگہٕ تہٕ تگہٕ کھیوان۔ اقتدار پراوُنہٕ باپتھ کیٚتھ پاٹھۍ اَسی حاکم، رٔیس تہٕ ڈٲر پانہٕ وٲنۍ قتل غارتھ کران۔ راجہ جے سنگھ پتہٕ سندۍ جانشین سپدۍ نہٕ۔ دُشمنن ختم کرنس منٛز کامیاب۔ تہٕ تیتھہٕ پاٹھۍ سپُد مُلک وارہٕ وارہٕ ختم۔

ڈاکٹر صوٗفی چھُ "کشیرِ" ہُند سیاسی توارٖیخ لیکھنہٕ علاوٕ تہذیب و تمدن، زبان، ادب تہٕ سماجی زندگی مُتلق تہٕ واریاہ لیوکھمُت۔

"کشیر" کتابہِ ہُند اَکھ باب چھُ یِمہِ لحاظٕ سیٹھاہ اہمیتھ تھاوان۔ ژنکیازِ اَتھ منٛز چھیٚ مُسلمانن ہندِس دورِ حکومتس منٛز مُختلف عُلوم عُروج واتنچ پوٗرٕ وِضاحت کرنہٕ آمٕژ۔ سلطان شہاب الدین

راجہ للتادتیہ سندِس زمانس اندر عربن ہُند صوبہ سندھ واتُن ، راجہ ہرش سندِس فوجس اندر مسلمان افسرن ہنز تعرری سپدنہٕ ، لاؔخر رِنچن سُند کشیرِ ہُند بادشاہ بنتھ اسلام قوبوٗل کرُن ، شہمیر سُند پانہٕ وزیر بنُن تہٕ کوٹہ رانہِ ہُند زوال تہٕ پتہٕ شہمیری خاندانُک بُنیاد پیٛوٗ - یِم سارے واقعہٕ تلہٕ چھُ نتان زِ اسلام پھہلنہٕ برونہہ کیاہ اوس کشیرِ ہنز سیاسی تہٕ سماجی حالتھ - ڈاکٹر صوفی چھُ سرتھامس ارنالڈ تہٕ ڈاکٹر سٹین ہنزِ یتھ رایہِ ستی اتفاق کران زِ کشیرِ منز مُسلمانن ہنز اکثریت آسنس مُتلق پرٲنی واقعات چھنہٕ نوسخورنگ لیۄپہ پاٹھی اتھہِ آمتی - اسلام کشیرِ منز پھہلنہٕ پتہٕ چھیہٕ کیٛن مُسلمان تواریخ دان کشیرِ ہِندِ تواریخہ لیچھمتی مگر بدقسمتی کنہِ چھنہٕ یِم اتھہِ آمتی

کشیرِ منز اسلام پھہلنس مُتلق ڈاکٹر صوفی ہنز راے چھیہٕ یتہٕ پاٹھی۔

مُسلمان فقیر ، درویش ، علما تہٕ سادات ، یِمَو تبلیغ چھُ کاشرِن لوکن ہُند مُسلمان بننس منز کارگر رودمُت - لوکھ اسی یِمَن رہنمائی کمال وُچھتھ مُتاثر سپدان تہٕ اسلام قوبوٗل کران - کشیرِ منز اسلام پھہلاوَن والیٛن منز چھِ بُلبُل شاہؒ ، میر سید علی ہمدانیؒ ، میر محمد ہمدانیؒ تہٕ بییہِ تہِ واریاہ سادات شامِل - تۄہنتہٕ آسے حضرت میر شمس الدین عراقی ، یمو تہٕ کور کشیرِ منز اسلامک

# ڈاکٹر آر، کے، پارمو

ڈاکٹر پارمو سنز "ہسٹری آف مسلم رول اِن کشمیر" اکھ تواریخ یس منز چھیہٕ ۱۳۲۰ عیسوی پیٹھ ۱۸۱۹ عیسوی تام کشیرِ ہنز تواریخ لیکھنہٕ آمٕژ۔ گویا اتھ چھیہٕ پانژن ہتن وری ین ہنز تواریخ درج۔

ڈاکٹر پارمو سنز کتاب چھیہٕ کشیرِ منز مسلمانن ہندِ دورِ حکومتکو واقعہ بیان کران۔

سنسکرت کتابو منز چھ ڈاکٹر پارمو دامودر گپتہٕ سنز کُٹنی مت مت، کھیمندر سنز 'دیش اُپدیش' تہٕ 'نرم مالا'، کلہن، جونراج، شری ور تہٕ شُک سنز "راج ترنگنی" ہند ذکر تہٕ کران۔ امہ علاوہ چھ ڈاکٹر پارمو سنز کتابہ ہسٹری آف کشیر" باپتھ کینہہ فارسی قلمی نسخہ مثلاً بہارستان شاہی' تہٕ کینہہ سفرنامہ حسن ماخذ روٗدی متہٕ۔

ہندِس دورِ حکومتس منز آیہ قرآن تہٕ حدیث پرناونہٕ بایتھ پریتھ جایہ خاصکر گامن منز ــــــــ مکتبہٕ کھولنہٕ ۔ امہ کتھ ہنز ذکر تہٕ چھیہٕ اُتھی بابس منز ۔ سلطان قطب الدین تہٕ سلطان سکندر ہندِس دورِ حکومتس اندر تہٕ لوٗب مختلف علومو سیٹھاہ ووتھپو ۔ ہندِس زمانس منز تہٕ وٲتی تعداد پاٹھی عالم ییٚہنز ذکر اَتھ کتابہِ منز کرنہٕ آمژ چھیہٕ ۔ سُلطان زین العابدینن بنوو سری نگرس نِشہِ واقع نوشہر اکھ دارالعلوم ۔ اَمی اَنہٕ ناوِ مختلف مُلکو پیٹھ کتابہٕ ۔ پتہٕ پاٹھی چھیہٕ سلطان حسن شاہ نہٕ حسین چَک ہندِس دورِ حکومتس اندر علم دوستی ہنز ذکر تہٕ ڈاکٹر صوفی ینہٕ کتابہِ کشیر منز کرمژ ۔ لل دید، حبہ خاتون بیترِ زنانن ہنزِ زندگیہِ پیٹھ تہٕ چھُ اَتھ کتابہِ منز کم کاسہ لیکھنہٕ آمُت ۔ امہ علاوہ چھہ کاشرِ ادبک آغاز، شاعریہِ، فنِ تعمیر موسیقیہ، مصوری، خوشنویسی کاغذ سازی بیترِ اموٗرن متعلق وارِیاہ مولومات درج ۔

ڈاکٹر صوفی چھُ پننہِ کتابہِ ہندِس تمہیدس اندر وَنان زِ میانۍ کتاب ’کشیر‘ چھیہٕ تواریخکس مضمونس پیٹھ لیکھن والین ہندِ خاطرٕ اکھ ماخذ بوان بناونہٕ ۔ بامزٕے ہنزٕ ہسٹری آف کشمیر، کتابہٕ ہند ماخذ تہٕ چھیہٕ ڈاکٹر صوفی ہنز کتاب ”کشیر“ روٗزمژ ۔

# سانہٕ کیٚنہہ کتابہٕ

| مصنف / ترتیب کار | کتاب |
| --- | --- |
| ناجی مُنوّر ، شفیع شوق | کاشرِ ادبُک توارِیخ |
| ناجی مُنوّر ، شفیع شوق | تہذیبُک توارِیخ |
| ڈاکٹر ٹی ، این ، گنجو | کاشُر ہیٚندی رِیڈر |
| چمن لال چمن ، بشیر اختر | اوحال نامہٕ |
| عبدالغنی مدہوش | لغیاتھ |
| بدری ناتھ کلا | کاشُر شیوومت |
| رشید نازکی | ریٚشمُت تہٕ ساڈُ ریٚشتو |
| محمد سُبحان بھگت | کاشُر لُکہ تھیٹر |

شری ور تہٕ شُک ہنز 'راج ترنگنی' علاوٕ چھِیہٕ 'راجاولی پتکا'، بیاکھ 'راج ترنگنی' یہٕ چھِنہٕ از تام کانسہِ اَتھہِ آمژ۔ مگر ڈاکٹر پارموٗ ہنز راے چھِیہٕ زِ شُک چھُ مَنہٕ راج ترنگنی خاطر 'راجاولی پتکا' منز سنوٗدمِن وُردِین ہندی حالاتھ نٕژ کڈان مگر یہٕ کتھ چھِنہٕ عقلہِ وَترٛان۔

کٔشیرِ ہندین مُختلف حُکمران خاندانَن پیٹھ روشنی تراونہٕ علاوٕ چھُ ڈاکٹر پارموٗ یمنِہ جغرافیہ پیٹھ تہٕ روشنی تراوان۔

'ہسٹری آف مُسلم روٗل اِن کشمیر' اَتھ منز چھِ 'شہمیری'، ژک دور، موغل دور، پٹھان دور پوٗرپاٹھۍ وِرٛتھاونہٕ آمتۍ۔

| کتاب | مُصنف / ترتیب کار |
| --- | --- |
| أزِچ کأشِر شأیری (انہار) | رحمٰن راہی ، شفیع شوق |
| کأشرِ ادبُک فکری پوٚت منظر (انہار) | رحمٰن راہی |
| ادبی تنقید (انہار) | رحمٰن راہی |
| نۄشار سۄمبرن | غلام نبی فراق |
| نثرچ کتاب | ڈاکٹر رتن لال شانت |
| جدید کأشر شأیری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| تصوُف - اکھ تعارُف | غلام محمد شاد |
| کأشرین مُسلمانن ہندی رسم تہٕ رِواج | غلام محمد خان |
| کٔشیرِ منز بُدھ مت | جے ایل گنہار |
| کأشرین بٹن ہندی رسم تہٕ رِواج | سوم ناتھ پنڈت |
| روپہ بھوانی | سوم ناتھ پنڈت |
| سنگلاب | ترتیب : رحمٰن راہی ، شفیع شوق |

# KASHEERI HINDI TAWAAREEKH DAAN

**PROF. S. K. KOUL**

THE POST-GRADUATE DEPARTMENT OF KASHMIRI,

THE UNIVERSITY OF KASHMIR,

HAZRATBAL, SRINAGAR-190 006

PRINTED AT : MAKOFF PRINTERS, FATEH KADAL SRINAGAR.